کِتابہٕ ہُنٛد ناو : کوشُر رامایَن

مُصنِف : امر شہید سروانند کول پریمی

آرمبھ کرنک دوہ : بسنت پانٛژِم۔ 31/جنوری 1990

پبلیشر : راجندر پریمی۔ای-172، سریتا وِہار، نئی دِلی-110076،فون:011-29941116

کمپیوٹر ڈی۔ٹی۔پی : آئی آئی ایل ایس،A-471،سیکٹر-2، مُٹھی ،جوم۔رِنکو کول#94191-36369

وُری : 2012

مول : 500/=

پریس : سِگما انٹرپرائزز، نئی دہلی۔۲۵

یہ جموں اینڈ کے کلچرل اکیڈمی ہُنٛد شکرگزار
یمو یہ کِتاب چھپاونس منٛز نٕے کم کاسہٕ مأنی اَتھہٕ روٗٹ کوٗر۔
- راجندر پریمی

کِتاب میلنک پتاہ:

۱۔ راجندر پریمی۔ای-172،سریتا وِہار،نئی دِلی-110076

۲۔ کِتاب گھر کنال روڈ جوم/مولانا آزاد روڈ سرینگر۔

# وبستار





اوم

پنٕنہِ آرٕوِ شرِیرٕ ووٚمآیہِ

یِمہِ

سیتایہِ ہٕندی پاٹھی کٲتیاہ وَنواس ژٲلی

تہٕ

کٲشرِ ماجہِ نیوٚ لول برن دالبن

ہٕنٛدِ

ناوٕ

شرٕ وھایہِ، یِمہِ لولہٕ تہٕ پاٹیارِ سان

— پریمی

☆

# ژھٕنہٕ وَن ۔ کتہٕ کیٚاہ

## شیٖیم یوگ۔ لنکا کانڈ۔ لنکا وجے



## سَتم یوگ۔ اُتر کانڈ۔ ایودھیایہِ واپسی

## اُٹھم یوگ۔ اُتر رامایَن۔ پٹھم ہَن



☆☆☆

# زٕ شبد

مےٚ چھِ مأج لوکٕٹیے ترٛأوِتھ گأمٕژ۔ اَمہِ ۔کنۍ وُچھ نہٕ مےٚ پنٕنہِ ماجہِ ہُنٛد لول، پیار، ٹھاٹھِنیار تہٕ رٕچھُن کینٛہہ تہِ لوکچارس اندر، یۄ دوٚے بہٕ ڈٕگیجل گرس اندرٕ ے رٕچھنہٕ آس۔ تارِاِیہِ یوسہٕ مےٚ بِذأتی پیچین أس، لوگ مےٚ مأجہِ کیٛازِ بہٕ اوسُس تِمٕے ہےٚ کُن منٛگِتھ آمُت تھوٚنہٕ۔ میلہِ قلمہٕ کڑُن تہٕ ڈٕہمہِ جمأژ تانٛی ولتہٕ ناوَس اندر رچھُ تارِاِیہِ ہُنٛدے دٕخل روٗدمُت۔ یۄ دوٚے سو ہِکوٹہٕ گرس اندر مےٚ لول برِ ہے نہٕ، مألِکھ لاگہِ ہے نہٕ، بہٕ آسہٕ ہاأ ٹھِمہٕ جمأژ پیٚتے وُنہٕ تہٕ کرٛشنہٕ ہِنٛدی پأٹھی گاوُکپن رچھان تہٕ گرٛپسی تِل کران روٗدمُت۔ یہِ تہِ اوس دٕیہِ سُنٛد یژھُن۔

پٕتُن پِتاجی اوس مےٚ سبٹھاہ رچھان، لول بران، ٹاٹھِنیار کران۔ توتہِ یہِ سُہ کرُن یژھان اوس تہِ ہیوٗ کُن نہٕ گرِتھ۔ کیٛازِ سُہ اوس گرس اندر زنانہٕ رُس۔ سُہ اوس وَنان زِ ہِکوٹہٕ گرس اندر چھِ زنان آسان مردٕ ہٕنٛز وکیلہِ دربار۔ تہٕ ییٚلہِ نہٕ وکیلہِ دربارٕ ے اوس لتہِ، وارِیاہ فأصلہٕ أسی پٹھِ گژھان۔ تہِ پِتاجی ہنٛز راے یا مشورٕ رَد گژھان۔ خأرِ یہِ چھِ زٕ ہٹھ وارتا۔ وارِیاہو کارنو ۔کنۍ دوت پِتاجی یَس تہِ تہٕ مےٚ تہِ وارِیاہہِ رٕنٛگی کشٹ۔ یُس بہٕ تہِ تہٕ پِتاجی تہٕ ژھوپہٕ دم گرِتھ ژالان روٗدک۔ بیٛاکھ کارن اوس زِ پِتاجی اوس گرس اندر دھرمس کرمس کُن لگِتھ۔ یُتھ زن زِ سُہ اوس اکھ تھوٚد مہاتما، تھوٚد ساد ھو مانٕنہٕ یِوان۔ مُسلمان أسی تِمِس تھوٚد درٛویش مانان۔ سُہ اوس دھارمِک گرٛنتھ، گیتا، مہابھارت، رامایَن بیٚترِ وارِیا مذہبی پوستک راتھ دوہ پران تہٕ نیٚتیہِ پۄزا پاٹھ

کران۔ سہٕ اوس اکھ سبدھ پوٗرُش اکھ۔ گرِ ماماہنہٕ ہأنٛس مہاتمائی، دز ویشی کینٛہہ۔ اَمہِ
بَنٛز اوس گرٕہستس اندر روٗزِتھ ژوٗک موٗ دُرژھوپہٕ دم گٔرِتھ ژالان۔ اُمس نِش اُسی
دوٗرِ پیٹھہٕ سادھو، مہاتما، درویش بیترِ یوان روزان۔ خأر۔ پتاجی تہٕ امہِ ماحولُک پیٚو
مےٚ پیٹھ گرٕ مژ سبٹھاہ اثر۔ تہٕ یہِ تہِ روٗدس اُتھی وتہِ پتاجیَس پتہٕ پتہٕ پکان۔ تہٕ رٔٹ
مےٚ تہِ یہأے وتھ۔ یہوے ۆہرِ اُٹھوۆہمہِ آسہٕ ہاپہٕ زِمےٚ رٔژ پنہٕ ہے پتاشِندِ پادتہٕ
بنوٗدم پنٕن گورٕدیو۔ یہِ چھِ مےٚ پنہٕ نِس گورٕدیوٕ سنٛزے کرٕپا، دَیا، اتھہِ رٔوٹ، اُہی،
اُشیر وادتہٕ لول تہٕ پیار زِ یہٕ بنیوس اتھ یوٚگیہ تہٕ ہیوٚکُس شریمد بھگوت گیتایہِ پتہٕ
رامایَنُک یہٕ کوٗشُر ریٚھ توٚہہِ بٕژ ۆہہ کٔن ولتہٕ نأوِتھ۔

مُژی چھم یہِ کتھ وَنٕز باسان جانٕہ زِ یہٕ کتھ پأٹھی لوٗگُس رامایَنس کُن دھنہٕ
پنہٕ۔ سنہٕ دوٚیہ تأجی تنیہِ تأجی اوس یہٕ اوسُس پومپرٕ کھدرٕ بھنڈارس اند رنوکری کران۔
مےٚ اوس تیمٕنے دوہَن ہیندی پرٕن ہیوٚ چھمُت۔ ۆہمہِ جمأژ تانی اوس مےٚ اُردوتہٕ انگریزی
پوٚرمُت۔ کھدر بھنڈارس تھوٗدکھ ہندی لیکھن تہٕ پرٕن ضروٗری۔ تہٕ مےٚ تہِ ہیوٚت بڈٕ
شوقہٕ سان ہیندی لیکھن پرٕن۔ تہٕ بھگوت گیتایہِ سٕتیٚ سٕتیٚ ہیوٚت مےٚ رامایَنُک پاٹھ تہِ
کرٕن۔ مےٚ اَنہٕ نوو گیتا پریس گورکھپور پیٹھہٕ گوسوامی تُلسی داسہٕ سُنٛد برج بھاشایہِ منٛز
وونمت رامایَن۔ سہٕ تأجی ۆری گوٚھنہٕ پتہٕ تہِ چھُ یہِ رامایَن از تہِ میانہِ لائبریری منٛز
موجوٗد۔ پزر چھُ یلی زِمےٚ توٚگ نہٕ گوڈٕ گوڈٕ یہِ رامایَن پرٕنٕے۔ پتہٕ وأژ کتھ اوٚت زِ
تیمِس نہٕ ہیندی پرٕن لیکھن تگہٕ نٕے اوس سُے ہیوٚک ۆری یہِ وادو پتہٕ ہیندیَس اندر
ماسٹرس ڈگری حاصل کٔرِتھ۔ یہِ تہِ اوس دَیہٕ سُنٛدے یٔژھن۔ تہٕ یِیلہٕ اَمہِ برٕ ۆہہ مےٚ

پربھاکر پریکھیایہِ اند ررامایݨک بال کانڈ (دوٚیم کانڈ) تہٕ اوس پرٕن۔ مےٚ گنو رامایݨک راگ۔ امہٕ پتہٕ پرٕی مےٚ وارِیاہ رامایَن۔ ہِندی، انگریزی تہٕ اُردوہَس اندر۔ تہٕ تِتھ پاٚٹھۍ گیہِ مےٚ رام کتھا وارِیاہَس حدس تام گتارتھ۔ تہٕ واٚژ کتھ یہ کوٗشُر رامایَن کاوِبس اندر لیکھنَس پیٚٹھ۔

رامایݨ کتھا چھِ آدِ کوٗی مہرشی والمیکی جی یَن گوڈٕ سنسکرت بھاشایہِ منز وٕنی مژ۔ تمہٕ پتہٕ چھُ گوسوامی تُلسی داس مہاراجن سُند برج بھاشایہِ اند ررامایَن لیوٚکھمُت از گرٕ گرٕ پرنہٕ یِوان تہٕ ساٚری ہے زٕنگس اندر راتھ لول یِوان برنہٕ۔ کاٚشرِ زبانۍ اندر چھُ پنڈت پرٕکاش رام کُری گامی سُند رامایَن تہٕ چھپتھ دژ امُت۔ امہٕ ورأے تہٕ چھِ بیٚیہ تہٕ کینٛہہ کاٚشرِ کوی اٚسۍ مٕتۍ یمو زٕن رام کتھا کاٚشرِس نظمس اندر روٗنی مژ چھِ۔ تمہٕ کتھیہ چھپنہٕ نیبر دژ امژ۔ تہٕ اٚتھۍ رزِ منز ووٗنی میاٚنۍ یہ لولہٕ ہٕژ تہٕ شرٕدھایہ پوٗرن کاٚم "کوٗشُر رامایَن" روٗپَس اندر توہہِ برٕونٛہہ کنہِ۔ ٹاٹھین رام بکھی تین تہٕ کاٚشرِ زبانۍ پوٗز لول برن والین کھسیایہِ میاٚنۍ اَرزتھ ٹارٕ تہٕ ہیکو توٚہۍ پرن واٚلی تہٕ کٔہ وُٹ لاگن واٚلی وٕنتھ۔ خاٚر یہ ونہٕ یی زِ یہ تہٕ اُس میاٚنِس گوٗرٕ دیوٕ سنٛزے یَژھا۔

یہ رام کتھا کاٚشرِس کاوِیَس اندر لیکھنہٕ وِزِ چھِ مےٚ کینٛہہ کتھہِ نظرِ تل تھٲوِ مژ۔

اکھ: مےٚ چھُ تُلسی کرٕت رامایَن آدھار بناٚوِتھ پنٕن کوٗشُر رامایَن لیوٚکھمُت۔
یوٚ دوٚے بیٚیہ تہٕ وارِیاہَن پوستکن ہُند تہٕ چھُ سہارٕ نیومُت۔

زٕ: مےٚ چھِ کوٗشش کٔرمژ زِ بھاشا گژھہٕ سہل، مودرٕ، میٹھ تہٕ رٕسل ہنٛی۔

ترٛےٚ: کاٚشرِس اندر چھِ اکھ پرمپرا روٗزمژ زِ مہابھارت، رامایَن، یا بھاگوتس ترجمہٕ

کرنہٕ وِزِ چھِ ترجمہٕ کارو پدِ پتہ پدِ لبلایہٕ پچھِمژ۔ یِمہٕ سٟتی تِمن دھارمِک پوستکن ہُنٛد باڑِوے یوت چھُنہٕ بڑیومُت کتھاین ہُنٛد بہاوتہٕ چھُ امہٕ سٟتی روتہٕ گوھان رؤدمُت۔ مےٚ چھِ یہ لبلایہٕ لیکھِ پٕچ پژ تھاژمژ۔ مےٚ باسیو وِیہٕ اکھ جان قدم۔

ژور: اِوٕ "گورس توتی" تہٕ "اکھ آدرش سنتان" یوسہٕ اکھ ہُر وارتا چھِ۔ چھِ مےٚ رام کتھایہٕ ہُنانمبر اُسِتھ تہٕ رامایَنس اندر تھوٚو مٟتی۔ یٕژ دوٚوے یِم چھنہٕ لبلایہٕ۔

پأنٛژ: شبدٕ اولی اندر باسن میأنٛین کیٛنژن ٹاٹھین کوشُر پرن والین سنسکرت، تت بھَو یا تت سم شبدٕ تہٕ۔ یِم چھنہٕ زأنٛتھ مأنٛتھ ورتاونہٕ آمتی۔ رامایَن ہوِس اَکِس دھارمِک گرنٛتھس اندر یِتھی شبدٕ ورتاوٕنی چھُ سوتاسیدٕ ہے۔ کیازِ یہٕ کتھا تہٕ چھِ اَکِس بیٛون ہ پٕنٛج پٹھ آدنہٕ پٹھے ونہٕ آمٕژ۔ تہٕ اَکِس خاص ماحولس سٟتی واٹھ تھٲوِتھ۔

شےٚ: مےٚ چھِ کتھا سیدٕ سیوٗد دٔشرتھ راژنہٕ پٹھے آرمبھ کٔرمٕژ۔ امہٕ بژ وٕژھُم وارتا، پاروتی شِو سمواد، پراچین ریشن، مُنیشرن ہٕنٛدی سمواد تہٕ پتمین یوگن منٛز رام سٕنٛدِ اوتارٕ ہینہٕ چہٕ وارتایہٕ تھٲوِنہٕ مےٚ زأنٛتھ مأنٛتھ یتھ رام کتھایہٕ سٟتی۔

ستھ: میأنٛژ کوٗشش رؤز یہاے زِ یہٕ کتھا گوژھِ اَزِکِس کأشرِس ساہتیس اندر تہٕ رژ جاے رٕٹنی۔ امہٕ کِنی کینٛہہ کینٛہہ وارتایہٕ اَدبی تژ کرِ کھأرِتھ ورنن کرٕمٕژ تہٕ تِمن شأعرانہٕ رنٛگ دِتمُت۔ تہٕ کینٛہہ وارتایہٕ پکہٕ وِنٛس طریقس پٹھ ونہٕ ہمٕژ۔ کینٛہہ گھٹنایہٕ وِستارٕ سان وبژھناوِمٕژ۔ تہٕ کینٛہہ ژھوٚٹس منٛزے پکہٕ

ناوِ مرٕ ۔ یہِ میٚون قدم کیُتھ باسہِ تہِ چھُ ٹاٹھٕٹھن پرن والین تانی ۔

اُتھ: تُلسی رامایَنس چھِ رام کتھایہِ ستے کانڈ ۔ اُتھم بوگ یانے اُتر رامایَن چھُ مےٚ یتھ رام کتھایہِ منز ہر روومُت ۔ یمہِ ورأے یہِ رام کتھا روزِ ہے اڑیٚچ ۔ یہٕ دوٲے یتھ میانہِ ارزتھ منز کیٚنٛہہ خأمی باسہِ تمہِ باپتھ چھُس یہِ پرن والین وٕنتی کران زِ تمہٕ دِن مےٚ پٔنٛز رٔژ تہِ پٔزرأے ۔ یتھ بٕ وٕنٛھ گُن فٔٹ نیرِ ۔

بسنت پأنٛژم ۔ ۳۱/جنوری ۱۹۹۰ء سروانند کول پریمی

بودھوار، پریم آشرم، صوف شالی،

اننت ناگ کشمیر ۔



# میٲنؠ وَنتھ

وارأس گوڈٕ وار، تأریخ اوس 27، رتھ اوس جنوری تہٕ سنہٕ اوس 1990 تہٕ دوبجہٕ لگ بھگ آسہٕ ہمن تژنے بجے منٛز مِیٲنؠ پتا جی آیہٕ انت ناگہٕ پٔتھٕ اُکِس میٖنگہٕ منٛز شرکت کٔرتھ تہٕ واُتؠ پنُن گرٕ۔ تھ ناو اوس 'پریم آشرم'۔ رژھا آرام کرنہٕ پتہٕ ہیوٚت تمو کاشرِس منٛز منظوم رامایَن لیکھُن شوٗروٗ کرُن۔ حالانکہِ یہٕ سمشٔے اوس تمن سنہٕ 1942-43 ہَس منٛزٕ ے وٕتھمُت یِیلہِ تمو مختلف بھاشاین منٛز رامایَنک اَدھیَن کرُن اوس ہیوٚتمُت۔

یہٕ اوس سُہ وٗری یِیلہِ حالات بُنھٕ پھرِ گژھنؠ اَسن ہیٚتؠ تہٕ انسان اوس اَندرے پھُن مُنأسِب زانان۔ خأر پِتا جی یَس اُس بھگوان شری رام سٕنٛز کرٕ پا تہٕ انۆگرہ زٕیٖو تہٕ وو کم کھوتہٕ کم وقس منٛز رامایٚنس کوٗشُر وردن نألی۔

مےٚ چھےٚ آشاز پَرن وألؠ پرٛاوَن یِیمہِ کاشرِ رامایَنک پاٹھ کٔرتھ پوشہٕ وُن آنند۔ زبان چھےٚ شوٗز تہٕ مۆدُر۔ خوش نُما قافیہ تہٕ پرٛیہٕ وِنؠ ردیف چھِہ مِصرعَن اَکھ تازٕگی تہٕ چمُکھ بخشان۔ اَتھ منٛز چھُ سُہ اکھ سازٕ ت یُس مَنَس اَبدی سکوٗن دِوان چھُ۔ تہٕ ہرگاہ پاٹھکن یہِ تارِ کھسہِ تمہِ کھوتہٕ بوٚڈ اُپہار کیاہ آسہِ میانہِ باپتھ۔


راجندر پریمی

ای۔۲۔۱۷ اسریتا وِہار، نئی دِلی۔۷۶

فون نمبر: 011-29941116

بھأدٕر شُکلہٕ پکھ دوے بوموار

۳۰ اگست ۲۰۱۱ء

# گورس توّتی

گوڈِنی چھُم نا کرُن گورسے نمسکار    گورے چھُم مؤل زگتس پژان آدھار
گورے سوزٕے گورے چھُم سأری سے مژ    گوٚرو سُند ناو ہیتھ چھُس بوکران سٕژ
گورے زگتس اندر چھُم پژان میوٗنے    گورے ہژ دیس اندر چھُم دھیان میوٗنے
گورے ہاوان چھُ اندھکارس اندر وتھ    گورے زگتس اندر منشس چھُ بڈ ستھ
گورو یَس آسہِ ستِھن زیٖنہِ سمسار    گورے نےٚ آسہِ پیٚترٕنی چھبس پھوان خار
گوٚرو سُند تیٚمی اَما زون مہما    تمِس ییٚتہِ کُنہِ رنگے اِژ کانٛہہ کمی چھا
گوٚرو یَس ستی منہِ کامن پھل تس    گورو سُند ناو بڑِ کھوتہٕ بوٚڈ چھُ بل تس
گوٚرُ برٛہما، گوٚرُ ویشنو تٕژ زانُن    گوٚرُ ساکھیات مہیشر پانہٕ مانُن
گوٚرُ ماتا گوٚرُ پِتا چھُ پزی پأٹھی    گوٚرُ باندھو، میتھر سأری وندس ٹأٹھی
گوڈِنی گورِ دیوسے پوٗزا کرِنی جان    دِوان سُے تار پزتھ کارس پزر مان
چھُ یُس نبر بل تمِس گورِ بل دِوان چھُے    وَیَس نِش پانہٕ گورِ دیوتس نِوان چھُے
چھُ ہاوان بوز دَیہِ وتھ پانہٕ گورِ دیو    لبان چھُے تھان دیہِ سُند پانہٕ اِژ زیو
گورے نےٚ آسہِ منشس کانٛہہ حسر چھا    مُنِش اُستھ تمِس اِژ زانٛہہ حسر چھا
گوٚرُ تیٚمی لوٚب تمّی لوٚب زنمکٕے سار    گوٚرُ یَس آو اتھِ تمّی زیٖوٗن سمسار
گورس اِژ یُس نمان عبتھ آسہِ پزی پأٹھی    وندان تس ژرنہٕ کملن ساسہٕ بڈی ٹأٹھی
گوٚرُ سِٕژ یَس کژپا سُے بھاگوانا    گوٚرُ سٕژ سِٕژ نظر سُے راز دانا

گورس سیوا سومنہٕ اِدِ یکہ سنا گُر    تمِس اِدِ ناو پانے بھوٗ سرس تُر
گورس سیوا چھِ منشس ویادھ گالان    گوٗرُ یامت کلس تس اتھِ چھُ ڈالان
گورس پنہٕ نِس بہٕ وندٕہا پران پنہٕ نُے    تمِس ژرنن بہٕ وندٕہا پان پنہٕ نُے
بہٕ دِمہٕ ہا مٹھی گورِ ہے ژرنہٕ کملن    مےٚ پھولہِ ہے یاوُنک پمپوش ہَن ہَن
میےٚ پنہٕ نُے مول گور رکھپال میوٗنُے    چھُ گوٗپی ناتھ میوٗن، گوٗپال میوٗنُے
چھُ سُفتا شالہِ پوٗز پروار میوٗنُے    ییٚتی گنگا، ییٚتی ہرُدوار میوٗنے
پیوان پادَن چھسے گورِ دیوٗ میانے    پِوان چھُم تأرُک مُژرنہٕ لولہٕ چانے
اتُر ما آسہِ یوٗ دوٚے کانہہ مےٚ کوٗرمُت    پھِرتھ ما کانہہ اچھُر اِدِ آسہِ پوٗ رمُت
منس ما آسہِ لُجموٗ گژاے گُنہِ زانہہ    تہٕ مایا زالہٕ ہے کانہہ تژاے گُنہِ زانہہ
کھما کُری زیم مےٚ رچھی زبم پاوٕ نے تل    پئُن انوٗگرہ مےٚ کُری زبم سُے مےٚ بوٗڈ بل
مےٚ کُری زبم پانہٕ اتھِ روٹ ساتہٕ ساتے    بہٕ یوٗ دُنہِ پوٗز کرنے ژپرُک واتے
منس چھُم سنکلپ دِم لالہِ وردان    کتھا شری رامہٕ ہٕنز بولیکھٕ ہا جان
کرُم اتھِ روٹ بُرُم ژٕ ے لیکھنٕز بل    سہایتس یم ژٕ گورِ دیوٗ پانہٕ جل جل
وتھ یی تی بہٕ لیکھےٚ میوٗن کیاہ چھے    یتھ ک یی لیکھِ ناوکھ لیکھِ بو سُے
سبدھ اسبدھ مان تے اومان ژٕ ے چھکھ    ویدیا، لکھمی تہٕ پرٕ پوٗ زگیان ژٕ ے چھکھ
مےٚ کیاہ چھُم ییتھرا اکھ چھس بہٕ چوٗنُے    ویدیا ژٕ ے، منترا اکھ چھس بہٕ چوٗنُے
چھسے گورِ دیوٗ آمُت بو شرن ژینےٚ    شردھا تے بھاو بھکتی ہیتھ پرَن ژینےٚ
کرُم اتھِ روٹ بہٕ لیکھےٚ رامہٕ ہٕنز کتھ    بُرُم بل لیکھٕنی ہاوُم سچ وتھ
بہٕ پریمی پریمہٕ ہوٗت اَز آس لاران    تہٕ چانے اُکنیا یے چھس بہٕ پژاران

# گوڈنیُک بوگ

# بال کانڈ (لوکچار)

## ویُوٹھ پوٗٹھ وبتار:

## گوڈنیُک بوگ

# بال کانڈ :لوکچار

### آرمبھ

سبٹھاہ پَتھ کالہِ ییٚلہِ ترٛتیا یوگا اوس
پرٛسیٚدھ اُس رازسی اکھ ییٚتہِ سوکھا اوس
سبٹھاہ بٔڈ رازسی اَتھ ناو کوشل
ژٕکرٕورتھ راز دشرتھ اوس شیٖتل
ایودھیا راز دأنی اتھ اُس سوندر
نگر اوس تیتھ یوٚہے سورگس برابر
بٔستھ نگری ایودھیا جان شایے
وسان سٔریو ندی نِشہِ لولہٕ مائے
سبٹھاہ سوکھٕ ساوِیا لتہِ اُس شأنتی
ژوپأری سورٕگکی گوٗھان لتہِ اُسی بڑأنتی
ژھر بر لتہِ گُنہِ تہِ رنگےَ اوس نایے
پرٛزا نیٚشپاپ روٗزِتھ لولہٕ مایے

ژُکرٕ وزتھ راژٕ مشہوٗر اوس دانا
دیاوان، ست پورش تےٚ دھرمہٕ وانا
پزٕسیٚدھ ترٛین بھوٗنٕنے منٛز اوس دشرتھ
ژوپأری وۄہار لولٕک لتہٕ سٔتھے سٔتھ
پراکرمی تہٕ دیوتا اوس پانےٚ
بسری ومشک یہٕ دشرتھ تیٚزوانےٚ
کران أسی دیوتا جے کار راژس
پزٕزا سأرے کران ستکار راژس
گونی سأری لتہٕ ژریٚترٕ وان سأری
تہٕ سأری أسی پاپرٕ جا ژوپأری
یہٕ دشرتھ راژٕ کوتاہ اوس بُدھمان
رٕژر تےٚ بھاگوانی اوس کانٛچھان
ذَین دیُتمت أمِس سورٕے پۆزر اوس
وۄاہ ترٛین رأنِیَن ستین بجر اوس
کوشلیاؔ أس تس زِٹھ رأنی گونہٕ وان
دۆیِم أسِس سومترا جان شۆبان

ژٔتیٖم یوسہٕ کاںٛژھ کیٖکی اوس تس ناو
یِمن اوس ژٕرین وِنی پٔزٕرک ستٕگ بھاو
اَما اکھ شوٗکھ رازس اوس ژاپان
أمس اوس پراف سوٗرے بَس نہٕ سنتان
چھےٚ کیاہ شوٗب یَس نہٕ اکھ سنتان آسے
تِمس سوٗرے تہِ أسِتھ فان باسے
چھُ سنتان گاش أچھنٕ، ہوٗش کوٗٹھنٕ
چھُ یمہٕ لوٗکھ پٮ۪یہٕ چھُ پرلوٗکھ ڈوٚکھ چھُ ہٹھنٕ
اَما یَس آسہِ نےٚ سنتان کیاہ تس
زٕنم تِمٕی سُند سپھل کیُتھ ونتہٕ کیاہ تس
یِمن ژٕرین رأنِیَن کیاہ شاپھ اوسُے
اما زٕنمس یِمن کیاہ پاف اوسُے
اَما تس رازٕہس تیُتھ پاپھ کیاہ اوس
پوٗروٗ زٕنمک تِمس اِد شاپھ کیاہ اوس

زگت سورُے تمٔس اوس پاڑنے تل
کران ییٚس دیوتا أسی پانہٕ مورچھل
تمٔس سنتانہٕ سُنٛد اِبھلاش اوسُے
تمٔس گوٚلمُت أچھن ہُنٛد گاش اوسُے



## اشومیدھ جگ

دوہا سپدیوٚ أما رازن ووشا ترٛوو
تتھے أنن تمٔس چھوٚت ہنگ گوٚمُت ہوو
دوپُن أزِر بجُر اتھ کیاہ کرو وونی
یہِ سأرِے رازِسی یتھ کیاہ کرو وونی
ییمِک اَدِ کُس سنا بنہِ ونتہٕ ادھکأری
مے چھُم نیرُن تہٕ اتھ وَن آسہِ کیاہ ژأری
سوران گو یی کران گوکم ویٚکھتی رِپھ
أما وونی بیرِ یہِ ومشُک ژھبتہٕ گوٚھیا دِف

اَما پزٕ ۍ بَکنہٕ گژھیا کول میٖون ناشس
بِری وٕمشس یُتے چھا آے، ونہٕ کس
أتھی اندر کول گوٚرۍ تس اِدِ ژیتس پیٖو
وَسِشٹ مہاراجہٕ ہے منہٕ بَکنہٕ شرن گو
اَما لیلا یہِ دَیہِ ہٕشر گور تیٖتھُے آو
وُچھِتھ دشرتھ تَمِس تس تھوٚد کوٚرُن بھاو
دیُتن پرٛنام وَسِشٹس، گلی گنٛڈِتھ روٗد
دیُتن آسن گوٚرۍ ہَس ژھوپہٕ کرِتھ روٗد
پرٛژھُس کارن گوٚرۍ ہَن اَز کمِیُک شوٗک
چھُ اَز کیٚاہ راژِ زَن مُشرِتھ بہِتھ لوٗک
منَس ہٕشر اوس رازس بوٛنَس حال
یہِ سنتانہٕ شوٗک رازس ووت یُژکال
وَسِشٹ جی یَن ووپاے اَدِ رازٕ ہے ووٚن
اَشومیدھ جگ کرُن ووٚنس تیٖتھُے نوٚن
مَنو کامَن ژٕ ے اَمہِ ستی پوٗرٕ سپدی
ژٕ ے چھے یُس شوٗک روٚژمت دوٗر سپدی

ژےٚ سنتان ژور، ئیشچ راز تھو پۆر
گوٗھن سأری ژےٚ أندرِم شۆک اِ دۆر
تیأری ہیٚژ کرِنی اِ راز دارن
اشومیدھ جگ کرُن، سأری آیہِ لارن
شرٛنگی ریوٗش آو لِنیٚ ہوٗنہٕ باپتھ
وێدی یوسہٕ آیہِ ونہٕ نےٚ ہوٗنہٕ باپتھ
شرٛنگی ریوٗش سبٹھاہ تھوٚد زانہٕ وُن اوس
وَشِشٹ مہاراج ییٚمِس تھوٚد مانہٕ وُن اوس
وَنس منٛز دۆر تپسی ریوٗش کران اوس
نگر ترٛأوِتھ گُنیٚ زوٚن برٛھم سوران اوس
ئدی ئری یو وسان ییٚتہِ أس نِرمل
سبٹھاہ سوٗندر بنٛھس تتہٕ اوس شودھ زل
أتی آو کرنہٕ اشومیدھ جگ سبٹھاہ جان
دِوان أہوتھ مُنی ریٚشی سأری منتران
أگن پرٛزلیوو تتہٕ جۆتی کھۆو سبٹھاہ ہیوٗر
اَمی منٛز دزاو سوتہٕ سُنٛد اکھ کلش دوٚر

یِہ اوس امر بتھ بزِتھ، ریشی دوٗن اتھن روٗٹ
پَتو اِدِ راژِس آمی پانہٕ دیُت نوٗٹ
دوٗپُن راژس دیوِ بأگرِتھ یِہ کھِر پوٗر
یمن ترٛیَن رأنی یَن گژھِ شوٗک اِدِ دوٗر
یمن ترٛینوٕنی زیوٗن سنتان بوٗزِو
گژھو سنتوشٹ، سبدھی گیِٕ، شانت روٗزِو
یِہ امر بتھ پانہٕ راژن رأنی یَن دیُت
یِہ اوس سورُے یمن ترٛین رأنی یَن کیُت
نِصف راژن کوشلیایہِ دیُت یِہ امر بتھ
نِصف دوٗن رأنی یَن آو پانہٕ سٕے ہتھ
کوشلیایہِ کُری زٕ بأگ پنہٕ نِس نوپدس
سومترایہِ اکھ دیُتُن اکھ کھیون پانس
تہٕ تتھِ پأٹھی اکھ ژوباگ کھیوٗ و کوشلیایے
تہٕ کیکی اکھ، زٕ بأگ وأتی سومیترایے
سمےَ ووت رُت تہٕ سارٕن ٹوٗٹھ بھگوان
تہٕ ترٛینوٕنی رأنی یَن میٖول گربھ آدان

# رام زٕنم

خبر گیہِ رازِسی اندر ژوپأرے
یِہِ بۄزِتھ گیہِ پڑزا ہرشس تہِ سأرے
سبٹھاہ گو راز دشرتھ پانہٕ ہرشس
ہِری ومشُک ہِری ووٚنی پۆر پڑزلیس
یۆ تامتھ زگ چھُ رۄزِتھ، روزِ اِدٕ ناو
ہِری ومشُک تۆ تامتھ پڑزلِہ سَتھ بھاو
ژِہٕر رٕتھ زۄنہٕ پچھ کرکٹ لگن جان
نَوِم اُس تیٚتھ تہِ یودھوار اُس پڑزلان
ژوپأری اُسی پوش، کوسم پۆر پھٔلۍمتۍ
شوٚگُن بد اُسی یِم تِم اُسی ژٔلۍمتۍ
تہِ أتھی سمیَس اندر زاو رام بھگوان
سُہ آو زٕمس تہِ سپدیوو پۆر کلثان
کوٚرُکھ اِدٕ دیوتاہو پوشہِ ورشُن
امی وِزِ آیہِ سأری کرنہِ درشُن

پڑزا سأرٕے کران گٔے ہرشہٕ وولاس
ژوپأرٕ سأری ژٕسِتھ آئتی ٕگنداں راس
دَیَن از پانہٕ نوٚو اوتار دوُرن
ہری وِشس دُبارے ناو کھوُرن
کوشلیایہٕ رامؔ تےَ کیکی بھرتؔ زاو
سومترایہٕ زایہٕ لکھیمنؔ، ششترگنؔ ناو
سبتھاہ ہرشس یہٕ دشرتھ راژٕ اِدٕ گو
بجُر أسِتھ تہٕ بُتھِ لتس یاوُنا پیٚو
وُچھِتھ ژون پھولہٕ وِنُن پمپوشہٕ ٹوٚربن
لوٚبن زَن سارِ زمٕنک پھل یہٕ ہن ہن
تِتھے پأٹھی کوشلیایہٕ بیٚیہٕ سومترا
تہٕ کیکی سان ترینوٕنی آیہٕ شوٚبھا



# ویدیا پراپتی

لکھمن رامس تتھی اَسی اوس بھگوان
سبٹھاہ سوندر تہٕ گونہٕ وان پانہٕ ناران
سُہ اوس اوتار آمُت بھوٗمہِ پیٹھ یور
کرنی تس رأچھ دھرمس، دھرمکے زور
ستگ ستکار، رامُن راج ہاوٗن
کرُن وودھار، گالُن پانہٕ راوُن
دوٗہن مژ گیہِ کھسان، مینان اکھ اکھ
أچھن بژوشہ کنہِ بڈان گے سأری بالکھ
پہُنڈ لوکچارٕ کوتاہ لۆبہٕ وُن اوس
پکُن، بولُن، گِندُن کیاہ شۆبہٕ وُن اوس
یمن وُچھی وُچھی لبان شأنتی برابر
یہٕ دشرتھ راز، ماتایے سراسر
شہٕ وِہری بالکھ تتھے وأتی لول بوٚڑ ریکھ
یمن نالی یونہٕ تژوکھ پیار کوٚرریکھ

ویدیا پراپتھ کرنہٕ آشرم سوزِنے آے
وَشِشٹ مُنی یَن تِمن بوٚر لول تےٚ ماے
اُتی ویدیا پران گےٚ ریشی گُٹی مٔژ
تہٕ ءستی ءستی کلا ہیچھُنک کوٚرُکھ سٔژ
سبٹھاہ کیرتھ یمو پژاُو سأری سے مٔژ
مہرشی کرنہٕ لوٚگ یم سوزنک سٔژ
دوہا سپدیٛوو وِشِشٹ جی آو پانےٚ
تہٕ یم بالکھ اُنِن گرِ لولہِ سانےٚ
وُچھِتھ یم راز دشرتھ خوش سبٹھاہ گو
تہٕ ءستی پانہٕ گورِ دہوس پَرن پیٛو
تِتھے پاٹھی ژور بالک سوکھ بران گےٚ
تہٕ لوٚکن راش تےٚ آشا بُران گےٚ



# وِیشامیترُن سنکلپ

دوہا اکھ، راز دشرتھ ژاو دربار
یِہتھ سأرِی أسی منتری، سورگہ گے دار
گوٚروٗ وِششٹ ییمن منز اوس شوٗبان
تتھے یُتھ تارکن منز زوٗن زوتان
وَنہِ لوٚگ راز پانۍ سارِنے کتھ
منس منز سنکلپ چھُم بوٗزِتوٚ ستھ
ہیٚتِن ووٗنی وأنسہِ واتۍ راز گومار
منس کانٛکھیا مے چھُم دِمہٕ ہا یِہ تتھ تار
دِپان چھس ووٗنی ییمن ووہک سےٚ آو
خبر پانس مے کیاہ چھُم کر کرُن واو
یِہ وُچھ ہا پانہٕ پوٚترن ہُند ووہ کار
ادے لگہِ ہم مے پوٚز ییمہِ بھوٚسرے تار
یِہ بوٗزِتھ سأرِی دربأرِی خوش سپٕداہ گے
"تتھا استوٗ" ییمو کوٚر زَن لُکھ زَے

یمو کوٚر سارِوے ہے کار رازس
سبٹھاہ آدر کوٚرُکھ ستکار رازس
ژەپأرِ گو پأدِ زن اکھ ہرشہٕ ووِلاس
تہٕ دربارس اندر اوس سورگہٕ گے باس
تِتھَے گیہِ کرٛکھ نبرِ ،کنٛ آو گس تام
یہٕ اوس وِشوامیتر آمُت، کران رام
ؤتھتھ گو راز پانے برٛونٹھ تس دژاو
کوٚرُن سواگت مہرشی یَس اندر ژاو
سبٹھاہ آدر کوٚرُس ہے کار رازن
دیتِن آسن تِمَس ستکار رازن
پرٛژھُس رازن یِنُک ؤنۍ تو پرٛیوٗزن
مہرشی چھِو سبٹھاہ تھٕدی خوش مے گو مَن
ؤنِو کیٛاہ چھُم کرُن اُگنیا تہُنٛز کیٛاہ
ؤنِو ابھِپراے کیٛاہ تتھ تأر کیٛنٛہہ چھا
شبد یُس تہُنٛدِ موکھہ منٛز نیرِ کرٕ تی
یہٕ آسم تہُنٛد دوٗپ، گتہِ پھیرِ، کرٕ تی

تھٲو یِتھے، یہِ چھس سیوک تہُند اکھ
وٕنو اُزٕ کرُن کیاہ چھُم چھُ شوبھ وَکھ

یہِ بۄزِتھ راز سُند اَدِ ریوٗش وَنان گو
کتھو ہتین سۄ رازس لَیہِ انان گو

پَتو وۄن نَس مے چھُم شری رام یُن ہتی
مے چھم راکھبس انان ہیتھ راز تم ہتی

چھُ بَس اَکھ رام چوٗنے یُس کریکھ ناش
سُھاہَو بیٚہِ چھُ مارِچ لنہِ تمن گاش

یِہوے چھُم راز بۄزِو اکھ پژیوٗزن
گَرِو وۄنۍ پۄرٕ وٲنۍ میوٗن پھولہِ مَن

اَما بۄزِتھ یہِ رازس ہوش زَن ڈٲل
ہیۆکن نے کینہہ وٕنتھ اِہِ راز گو کوٚل

پَتو لاکن ہِری وَمشُک حبس آو
تہِ رازس زَن تِتھے یکبار زُو ژاو

اُنن اِہِ رام لُکھیمَن بٲے لالے
گَرِن دوشوے ریشِس اِہِ تم حوالے

اَما خوش کوٗت اِؤ ویشوامیتر گو
تہٕ دشرتھ راز تَس پادن پَرن پیو



## ویٚشامیترس سٟتۍ رام لُکھمن

مہرشی دژاو یامت بالکن سٟتۍ
یمن دون بآلکن ہٟتۍ تیر کمان ءکتۍ
سبتھاہ سوندر تہٕ شوٗبان تیز پژاوان
وتن اُندۍ پکھی پژکرتی پوٗرٕ چھاوان
یمَو سُرۍ یہ ئُدۍ نِشہِ راتھ گُذرآو
پکان بڑوٗنہہ گٔے یمَو شکھتی پنٕنۍ ہاو
ژھنڈان گٔے وَن تہٕ کوہ یم بڑوٗنٹھ کُن دژاے
یتِن کانہہ آشرم ڈیوٗنٹھک توتنِ ژاے
پڑژھان گٔے پرٟشن کآتیاہ رام لُکھمن
یمن سوٗرے وتان گو ریٚوٗش تہٕ ست زن
پکان بڑوٗنہہ کُن دِوان تھک کُنہِ کران واس
سوندر جاین ہُنٛدے بوزان پیٚتہاس

ریٚشِس پُرٛژھ رامہٕ نےٚ وٕنۍ تو یہِ کتھ جان
یہِ گنگا کِتھٕ سنا پأٹھۍ یور واتان
اِتھٕ کیاہ وارتا اَسہِ زأنۍ أنۍ تَو
یہِ کِتھٕ پأٹھۍ آیہِ پرتھوی پٮ۪ٹھ تہٕ وٕنۍ تَو
وٕنان گو ریٚوش سبٹھاہ وِستارٕ سانۍ
تہٕ بوٗن سوریٚتہاس دانہٕ دانۍ
گٔرِتھ راتھا أتی ویشرام پرٛووٗکھ
پگاہ اِدِ پرٛلتہٕ کالس قَدم ترٛووٗکھ
پکان گٔے برٛونٹھ بُتھِ اکھ آشرم آو
سبٹھاہ سوندر تہٕ پاوَن درشنی ناو
اَما لتہِ اوس نےٚ کانٛہہ اکھ تہٕ روزان
وَنَس منٛز رووُمت کیا تام باسان
پرٛژھنہٕ لۄگ رآم لمہِ چی وارتا جان
پتےٚ وِشوامیترٕ گو بوزٕ ناوان

☆

## کتھا اَہلیایہ ہنٛز

سبٹھاہ پٔتھ کالہِ گوتم اکھ ریٖوشا اوس
سُہ تپسی گیانہٕ وانا، مہرِشیا اوس
کران تپسی سُہ یتہِ تتہِ آشرٛم اوس
ژوپأرۍ اکھ سورگہٕ دار لتہِ پوٗز دھرم اوس
ترٕیا تس اہلیا أس بھاگوِانا
سبٹھاہ سوندر تہٕ رٕپٹھ دھرمہٕ وانا
تمِس ہش أس نہٕ سوندر بیاکھ کانٛہہ
ژوپأرۍ اوس رٕپھ تٔمۍ سُنٛد اکھ مِثالا
سو زَن أس بِرۍ یہِ پٔزلان زوٗن زوتان
سو زن أس بھٕو سرس گٔنۍ اپسرا جان
تسُنٛد۔ انگ اوس اکھ اکھ صاف نِرمل
تسُنٛد آکار، وِہار شودھ تہٕ ژٔرژل
اکأے بُرأژ پٔتھ أس بَس اہلیا
پتی گوتم ریشی ٹأٹھ تس۔ اہلیا

پوِتر، پتہٕ وژتا اکھ ناو اوسُس
پتی سُنٛد راتھ دوہ پوٚز بھاو اوسُس
کرِنہٕ سیوا، دُرن وزت سأمیٚیس ہتی
پڑھِنہٕ پوٗزا، تِمن یِم اوٚت یِوان کتی
دوہَس راتس ہِیُن اتھ دارِ یے مٹز
پَزِچ سیوا، پَزیُک بھاوا پہوے سٹز
ژوپأری شوٚہرتھ اَسٕز اُس تیٚز سوٚنٛدر
تہٕ بۄزِتھ کوٚل اَما گو رازٕ اِنٛدر
تِمَس مَن گو کوٹِل وِچار دوپدیوس
دوہَس راتس پہوے اکھ بھاوتس اوس
دیان اوس کر وُچھن اہلیا برس لول
رٹن یِیلہِ ہتی پأنس اِز ژٕلم ہول
دوہا سپدیو تہٕ اِنٛدر راتھ کیٚتھ وژاو
بیٚشوٚنکی پأٹھی، ژوٗرِ پأٹھِن آشرم آو
مُنی گوتم سبتھاہ سُلہِ یارِ بل اوس
اہلیا اتہٕ گُنی، وأتتھ اِنٛدر پیٚوس

تہٕ لوگُن رِپھ لتہٕ گوتم ریشی سُند
اہلیایہِ زون ییُن پتہٕ نِس پتی سُند
پتی اوس شران دھیانس منز ئدی پیٹھ
کوٹل من ہتھ اِندر آمُت بدی پیٹھ
مُنی سُند رِپھ اِندرن دورمُت اوس
اہلیایہِ بھاس تامت گوتمہٕ سُند گوس
اما یامتھ مُنی آو، آشرم ژاو
وُچھن اِندرازٕ اَتی نیٚ تس کوٹل بھاو
یہِ زوٗنن یام دوشوے پاپہٕ لد ییٚم
چھِ پئژ پاٹھی میانہِ درشٹی شاپہٕ لد ییٚم
دیُتن شاپھ پانہٕ اِندرازس کوٗرن شور
ژنے ووٚنی سہواس ناری ہُند نہٕ ییٚتہِ یور
دوٚییم شاپھ اِ اہلیایے دیُتن بوز
ژِ بن شیلا تہٕ ییٚتہِ نیٚ کُنٕ بُتھ روز
یپاری ییٚلہِ ولتہِ شری رام پانہٕ کُنہِ دوہ
ژرَن ژُمی ہٕندی ژنے لگنٕ اِ لبکھ ژھوہ

لبکھ بێیہ اِ سوندر تژیہ ژِپھ یکبار
اہلیا بێیہ بنکھ اِ بو کرے پیار
وَنتھ گوتم ریشی لتہِ دژاو گو دۆر
یہِ آشرم پانہٕ تیوٗگن گو اتین سۆر
تتےٚ پێٹھ آشرم وأران سپدیو
ژوپأرک اِ سأری ہے اَتہِ فان سپدیو
وِشوامێترن کتھا شری رام ہے وَنۍ
اندر ژاو رام لتہِ تمی پانہٕ وُچھی کنۍ
اَما یامتھ ژرَن شری رامہٕ ہندی پیٚنۍ
شِلا گے غأب اہلیا تھوٚد وُتھِتھ گے
یپأرک گوتم ریشی آو اوٚت دُبارے
کُرن اہلیا سویکار وارِ کارَے
اما یتہِ آشرم زَن پژون توٚن دژاو
ہرش وولاس ژوپأرک بێیہ لوٚگ چلے جاو
کُرِتھ لیلا یہِ شری رام بژوٚنٹھ کُن دژاو
پکان گے بژوٚنٹھ اِ متھلا نگر آو

# سیتاین تہٕ رامہٕ ژٕندرُن گوڈنیُک مِلن

یُتھے نگرس اندر وأتی رام لکھمن
سبٹھاہ ہرشس وُچھتھ گٔے بأے ست زن
مہرشیَن ژوپأرئ اِ دزشٹیا ترٛأو
یمن دون راژٕ پوٗترن تمٔ نگر ہأو
وونُن پتہٕ رامہٕ ژٕندرس پوش چھأوِو
ژٕنن ستی پانہٕ لکھمن گنہٕ مہٕ رأوِو
گُوہِو مندرس اندر پوٗزا کرِو جان
منورتھ سدھ کران مأج پوٗرٕ کلیان
گُوہِو وونی پوش لأرِگو بھاوٕ مایے
سپھلتا توہہٕ چھ پٔزاران جایہٕ جایے
یہٕ بوٗزِتھ رام لکھمن دزایہٕ دوشوے
مہرشی یَس کوٗرُکھ پرٛنام سوے زے
یُتھے یم بأے دوشوے برٛونہہ ہَنا دزاے
وُچھِکھ لتہٕ واٹِکا سوندر سبٹھاہ جانے

وُچھِکھ ساکھیات زگت امبا نژان زن
ژوپأری سوندر یہِ لتہِ پژزلان ہَن ہَن
اَما زَن أسی پژزلان بَری یہِ ساسا
پژی پأٹھی اوس لتہِ زَن سورگہِ واسا
یہِ دزش وُچھی وُچھی سبٹھاہ گو رام ہرشس
پھُلے أس کوٗمن بے وایہِ برجس
وُچھان اندی پکھی دِوان ؤُنی کوٗمن رام
أکِس اکھ پوش سوندر نیٖژر اَبِھرام
یُتھے پَتھ کُن نظر ترٲو رامہِ ژٔندرن
وُچھِن کنیایہِ واراہ شامہِ سوندرن
سبٹھاہ سوندر سبٹھاہ رِپیٹھ گونہِ وان
یِوان پژزایہِ مندرس آسہِ لاران
اَما زَن آسہِ آہو اپسرایے
یِمے آکاشہِ ؤُژھو لولہِ مایے
یِمن اوس سارِنے کھسہِ وُن یہِ یوَن
یِمن کوٗمل شریر، پژزلان ہن ہن

اما أسی مینز یمِ پۆرى تژاوان
ژوپأرى اوند پۆکھ ییے زَن مُشکہِ ناوان
سوگندھی أس پھأ لان دۆر تیلان
تہِ سأرِے واٹِکا یکبار شولاٗن
پہُنٛد مَس واوِ ہتین گژاپہِ ماران
أچھن تلہِ تژاو کیاتام آسہِ ژھاران
یمن ہتی أس اکھ بالا سبٹھاہ پژنی
یمن منز أس گُنی تُی بس سو اکھ ژنی
سو أس سوندر سبٹھاہ سوندر سبٹھاہ جان
سو أس زن زۆن آکاشس کران مان
یمن أس سارِنے منز تیژ سوندر
سو زَن أس کژنیک پژزلان واجہِ اندر
شریر کومل تہِ انگ انگ نارِ بژییہِ زن
وُچھتھ لس دیوتاہن لچھ بژمان من
ئیتھر پمپوش، موکھ پژون، بسری یہِ پژکاش
ژوپأرى أسی ژھلیہِ ئلو تامتھ رتاں گاش

تُسُند شرنگار ہیرِ یون تیز پژاوان
نیان آسی زۄن تارکھ تس کران مان
أچھن تُلہٕ تژاو تمۍ سُند جود زن اوس
تیسنز درشٹی تتھے پھٹنس یِوان بوس
دۄچھِن کھووری یتھے امہِ اکھ نظر تژاو
منٛز کانکھیا ییہِ زَن تمہِ کوسمن باو
یُتھے درشٹی أتھن پھیرتھ وۄچھن کیاہ
أتی تَس بڑوٹھہ پہان کومار جورا
سبٹھاہ سوندر، سبٹھاہ اکھ لۄبہٕ وِنۍ جوری
اما کمہِ باغہٕ منٛز آٲتی پھوٚلتھ تۄری
ییپأری بالک ہُپأری زن دیوتا ییم
ییپأری سادے ہُپأری تھٕدی آتما ییم
ییمن دۄن بالکن زن راز لکھین
ییپأری کمہِ رلیہِ آٲتی کیاہ پزیوزن
ییمن دون منٛز چھُ بۄڈ اکھ پۄرٕ اوتار
یہِ ما آمُت چھُ اَسرن کرنہٕ سمہار

یہِ پۄرن زَن چھُ اوتار پانہٕ بھگوان
لگھمن أمی ہٕندی پۆزی پأٹھی رازِ سنتان

اَما دَے بوزِ نا میۄن زارِ پارَے
منورتھ میۄن گژھ نا سدھ دُبارے

مُدے گُنڈ یُتھ زنک پُتری أمِس کُن
پٕنز سودھ بودھ مُٹھس اِدٕ لُج تمِس کُن

خبر أسا أمِس کینٛہہ رام ما چھُم
یہِ ما دَے وی مِلن چھُم شام ما چھُم

وُچھتھ سیتا یہِ رامس رۄزی تھے گئے
مُدے گُنڈ تام رامن من زِ گئے لےٚ

سکھی سیتاییہِ ہٕتی یم لولہٕ ماے
تمن گو آشور یور کور آیے

تمو یامتھ یہِ زون سیتاییہِ گو کیاہ
تمِس لگو کرنہٕ ٹھٹھ یم لولہٕ واراہ

گوٚژھے پۆزی پأٹھی آسُن یہوے سأمی
یہِ جۆری أس شوٗبہٕ وِنی زَن رام رأمی

یہِ بوٗزِتھ أندرِ سیتایہِ لرِ پھرُن لوٗگ
سبٹھاہ ہرشس گژھتھ لوٚپُن أکِس دوٗگ
بێیس کُن کلہِ پھرُن اکھ زیر دِژ نَس
سکھی أس بیاکھ اکھ تس ژٕمٹ ہێوٗنَس
تێتھے پأٹھی تمہِ أندری کِنٕی پوٗز بھگوان
نێبرِ کِنٕی روٗز سکھییَن ءتی منٛدِ چھان
گنٛڈِن گلی اندرِ منٛہِ کنٕی تس دَیس جان
میے کرتم پوٗرِ منٛہِ کامن دیاوان
ہُپأری ناردء مُنی شر آو آکأشی
وُچھِن سیتا لگِتھ لتہِ زنتہِ وَلہِ وأشی
تێتھے آکاشہِ وأنی گیہِ اما زَن
ژٕ بوز سیتے سپھل گوٗڈِ چانٛی کامن
کنَن سیتایہِ گیہِ آکاشہِ وأنی
تہِ آیس لبنہِ أتھی مژ بھاگوانی
ژتو لاکن سومندرس یام ژایے
تمِس ءتین سکھی أندی پکھی تہِ آیے

پرن پێیہِ پانہٕ سیتا ماجہِ دیوی
چھێے یوسہٕ ترِپُرا تہٕ وردأنی بھوأنی
منورتھ میون کر مأجی سپھل ژٕے
چھسےَ آہٕژ کھورن پیأژ پَرن بےٕ
ہرش سیتایہِ گو أندری تیٚتھُے بَس
ہیٚژون پھورِنہٕ یہِ کھوٗور أچھ ایتن تس
گُرن آرادھنا سیتایہِ ماجے
وزنہِ لُگی/ہتی تس لتہِ زنتہٕ باجے
تونا لُج کرنہِ مَاجے بھاوِ نایے
سپھل کر ووذٕ ژٕ میأنے کامنایے
ژٕ مأجی آد تے انت، سار ژٕے چھکھ
تہٕ میأنے کرمہٕ ناوے تار ژٕے چھکھ
"تھا استو" یہِ بُوزِتھ منڈرٕ نیرِتھ
پتےَ اِڑ راژٕ دارس آیہِ پھیرِتھ



## سیتاسویم ور

وِشا میترس یہِ شری رام ءتی لَکھمن
تہٕ وأتی مِتھلا پُری ییم سأری ست زن
سیٹھاہ اُس شوٗبہٕ دار نگٔری وَنو کیاہ
ژوپأری سیتا سویم ورٕچی یہِ رژنا
سیٹھاہ برٛہمن، پنڈت لتہِ ءکتی وید وان
یگٔنہٕ کرنس لَگِتھ ییم اُسی منتران
چلان اوس وید پاٹھ منتھر گرزان اُسی
ژوولپأری کم سوگندھی کیاہ دزان اُسی
تیُتھے بۄز راژ زنکن رام آمُت
تمِس ءتمن مہرشی نگر ژامُت
أمِن ستکار کوٗرنکھ، لول بۄرنکھ
نمِسترن پانہٕ دیُتنکھ سال کوٗرنکھ
دھنُش جگ وُچھنکے ابلاش اوسکھ
وِشامیترے یمن بۄڈ راش اوسکھ

دھنُش بۆڈ ناو یتھ پیناکؔ اوسے
دھنُش شِوٕ سُند سُہ ہأبتاک اوسے
کرُن سیتا سویم ور راژٕ زنکس
دھنُش جگ وُچھنکے ابلاش زگتس
سبھاہ أسی راژٕ کأتیاہ اور آمتی
تمن ستی راژٕ کومار نگر ژامتی
دپان سأری ورون أسی پانہٕ کنیا
تلون أسی تھۆد دھنُش زینون سیتا
سبھاہ بلوانٕ سوندر اور آمتی
مَن منز سنکلپ ہیتھ أسی وژامتی
أکِس اکھ تھۆد سوندر بلوان کومار
اَکوے سنکلپ تمن سأری أسی تیار
کومأری راژٕ ہنز تہوا سوندر أس
سو أس ساکھیات دیوی کیاہ زبر أس
تمِس موکھ ماجہٕ دیوی شیورمُت زن
تمِس انگ انگ سوندر کیاہ پورمُت زن

سبٹھاہ گونہٕ وان یودٕھمان اُس سیتا
سبٹھاہ رٕپٹھ پڑزلان اُس سیتا
ژوپأرؠ زٔگتس اندر اوس شوہرٕ تٔمؠ سُند
لکھمن تٔمؠ ہِنٛدؠ سبٹھا اوس اُہرٕ تٔمؠ سُند
یِہأے سیتا، یِہأے سوندر، یِہأے گور
یہِ زن اُس ہِری یہِ آکاش زوتہٕ وِنؠ پوٗر
تُلِتھ یُس ہیکہِ دھٔنش سُے زینہِ سیتا
سویم ور شرط یی، گس مینہٕ سیتا
اما یامتھ سویم ور گو یہِ آرمبھ
ودتھان اکھ اکھ دِوان پھیرِتھ کران دب
سبٹھاہ وٗتھۍ راز کأتیاہ ویرٕ کومار
اما کأنسہِ تہِ ہیوٚک نےٚ دھنشکۍ بار
نہٕ گیہِ کانہہ حرکتھا دھٔنشِس نہٕ ئِج گرا ے
سبٹھاہ گے لوٚکھ حأران ہے یہِ کیاہ ژھاے
سبٹھاہ کرٕکہٕ ناد ووٚتھ ہے ووٚنؠ کرُن کیاہ
انہرٕ شے روزِ سیتا ووٚنؠ سورُن کیاہ

پریشان گو زنکھ رازا دِوان گژھ
اَما پرٕزِ پیٹھ چھُنا ویرا، یہِ رکُشہ کتھ
چھُنا دِھکار رازن یور آءٕتی
اما کم راز گومار گرِ چھِ دژاءٕتی
یہِ چھا پرٕتھوی گاءٕژ کیاہ وِیرٕ رُستے
تہٕ چھا درتھی گاءٕژ بلویرٕ رُستے
شبد بوٗزِتھ یہِ لکھمن آو جوشس
وِژن اکھ کرٕکھ منڈپ سور آو ہوشس
یپاٗرٕ سیتا ووٗدِنی جے مال ہتھ اٗس
تمِس اٗندی اٗندی سکھی وارا شرٕچِتھ اٗس
کران اٗندری دَیِس اٗس زارِ پارا
دپان اٗس نیرِ نا کانٛژھا گومارا
اَما چھا یوٗت میاٗنِس کرمَس ور
چھُنا اکھ ویرٕ اٗژر بھوٗمہِ اندر
ووٗبھتھ گو شانت گمبیر پانہٕ بھگوان
اِشارا اکھ کوٗرُن کھورُن دھنُش جان

ٹُلُن تھوٚد پانٕہٕ تامتھ ٹاس کوٚرَنس
تہٕ گٔری نَس ٹُکرٕ جورا فاس کوٚرَنس
اَما شری رامہٕ سُنٛد ویرُتھ وُچھِتھ سأری
ژوپأری بے ناد گرٛز ووٚتھ گٔے رٕہتھ سأری
ہرٕش سیتایہٕ گوٚ کوٗتاہ وَنو کیٛاہ
پُنِم ہٕنٛز زوٗن پرٛزلان دژایہٕ سیتا
ٹُلِن پٔدی وارٕ وارَے برٛوٗنٹھ گُن آے
ییٚتِن شری رام توٚتن بے مال ہیٚتھ دژاے
تُجِن ورمال ترٲوِن نٲلی رامس
وُچھِن موکھ زوتہٕ وُن یٔژکال رامس
تِتھَے پأٹھی کیٛاہ سوٚیم وَر گوٚ سوپھل از
تہٕ سیتا رام دوشوٕنی گوٚ یہٕ میٖل از
دبا دب سوٗز زنکن دشرتھس دوٗت
سماچار ووت رازس گوٚ ہرٕش کوٗت
دوٚنیوَ طرفو تیأری خانٛدرٕچ گٔے
تہٕ أندٕ پٔکھی سارٕوے رازو تہٕ لوٚب پٔے

لَکِھن گو واژِ کارے، سارِنے مان
کنیؔا دان راژِ زَنکن کۆر سبھاہ جان
تِمِن سیتا گوڈِنٛی رامس پیٚٹھِ نے
دۆیِم جۆرۍ اُرمِلا لکھمن لَبِھ زَے
ژُرِ تی کیرت تہٕ مانڈوی کورِ دوشوے
اَمِس یِم بھأے بیٚنٛز کورِ آسہٕ دوٚنوے
دِژِن اَکھ کۆر بھرتس لَکِھن کۆرنَس
دۆیِم شُترو گنس پۆز لول بۆرنَس
اَما کیٚنٛہہ دوہ گۆرِ ہتھ اتہٕ دژاو دشرتھ
نوشِن ژون ہتھ ایودھیا آو دشرتھ
اودھ پوٗرۍ سبھاہ گو ہرشہٕ وولاس
ژوپأرۍ اوس راژِ سی منٛز سورگہٕ گے بھاس
سبھاہ آنند تہٕ سوکھ بھوگان سأری
پرٛجہ سوکھ ساویا، وَنہٕ وُن ژوپأری
تِمے پأٹھۍ راژِ دَشرتھ رانہٕ ترٛینوَے
پۆتھر ژور یِنہٕ تِمن ترِٛیہٕ سِتی ژونوے

ہرش وولاس اتہِ اوس سوکھ تہٕ کلیان
نژان اوس راژسی منز پانہٕ بھگوان





یتھ پأٹھۍ ووت سروانند پریمی سُند وَوَنمت کأشرِ
رامایِنک بال کانڈ یانے لوکچار اَند
(25/جنوری 1990ء۔ گورِ وار، پریم آشرم۔ صوف شالی)



# دۆیِم بوگ

# ایودھیا کانڈ/ایودھیا وارتا

ویۄتھ پۄتھ وبستار:

# دۆیِم بوگ

# ایودھیا کانڈ/ایودھیا وارتا

## راژِ تیلکچ تیأری

دوہا سپدیو، وُچھان اوس أنہٕ دشرتھ
چھٔتیومُت ہنگ وُچھن اکہِ پأرٕ تامتھ
سبٹھاہ لتس شۆک سپدیو، گو وبۄارس
پِٹم دوہ وأتی پِژی پأٹھِن بہارس
سٔنِتھ گو أتھی خیالس ووٚنی بُجر آو
ہرُد ووت ووٚنی جوأنی ہُنٛد سمےٚ دژاو
پرٚیم ووٚنی رامہٕ ژٕندرٕے راژِ تھاوُن
چھُ أتھی یوٚگیہِ، زیٹھُ چھُ، أمی ہے بارتڑاوُن
أنِن منتری تہٕ سأری راژِ دربأرۍ
رێشی، مُنی، سأرۍ ست زن، ست پورش سأرۍ

یِمن بوٗن پٔنن اِبلاش رازن
تھا استھو، یمو کوٚر رُت پڑیوزن
ژِتھر ماسس اندر سونتُک پیٚوان پرَو
پھوے ربتھ راز اِبھشیکُک تہٕ سبدھ گو
تیأری ووٚنی ہیٚژن سپدٕنی ژووا پور
ہیوٚتن شری رامہٕ سُند واتُن ستُک دور
سہٕ ووت شوبھ رٔنی گٔدی رامہٕ ژٔندرس
نمسترن دیوتاہَن ستی اِندرس
نمسترن سارِنے رازن ژوپأری دزاو
رِتس دوہس زگت سورے ژٔستھ آو
سبٹھاہ ووتساہ سبٹھاہ وولاس نگرس
ہرش کوتاہ چھُ سورگُک بھاس نگرس
پگاہ اوس رامہٕ ژٔندرس راز تیلکھ
پگاہ بنہٕ راز، شری رام اتھ نہٕ کانٛہہ شکھ



## منتھرا ناٹک

اکھا أس منتھرا، کوٚب أس دأسی
سبٹھاہ ہٕج کٕج کورٕوٗپ زَن نرکہٕ وأسی
کوٹھل بَس کار تےَ وؠوہار تٕمٕی سُنٛد
کوٹھل من تےَ کوٹھل آژار تٕمٕی سُنٛد
وُچھِتھ وولاس منٛز باگ پیٖو تٕمِس غم
ژوپأری اوس ہرش آنند کوبڑِ ماتم
سو ِکتھٕ پأٹھی سہٕن کرِ ہے اِدٕ ییہٕ وولاس
دپان أس ہاے گژھِ نا سأری یہے ڈاس
تیٚتھُے گیہٕ منتھرا، کیکی نِشے وأژ
تٕمِس لوگُن کتھَو ہٕتیٚ زَن گرُک بأژ
سبٹھاہ دأدی دردمند لوگنَس پوٗر
دوٚپُن تس کیٛاہ کران چھکھ گو نیٖبرٕی سوٗر
چھُ رامس راژٕ ابھِشیک بوز صُبحَن
تہٕ بھرتس چھُے بُٹھن تس داس تھَو کن

کوشلیا راج ماتا آسہٖ یامتھ
تہٕ کیکی دأسۍ بنٕژ تھےٚ روزِ تامتھ
یہِ کوٚت انیاے یہِ کوٚت گتھٕ کار وتم
یہِ کیُتھ گو نیاے یہِ کیُتھ وِوہار وتم
ژٕ دوتھ تھوٚد گژھ ژٕ رازس وَن یہٕ اکھ کتھ
کدُن ونواس شری رام چھےٚ یہےَ وَتھ
دپُس دِژ راژِ گدی بھرتس دویم کتھ
وَنے یُتھ تیُتھ مےٚ وأتن پانسے سَتھ
گریوو کیکی سبٹھاہ گژھِ منتھرا شاشت
تگہٕ ہَس کو بڑایہِ نِشہِ کیاہ تژ آونے بڑاشت
پتوٚ موٚنن ووٚنس کو بڑایہِ لتس پی
گژھتھ رازس نِشن کیکی کوٚرُن تی
گُتھس منٛز أس رأنی راژِسے نِش
پہتھ روٗز کژودھ رٕڈ تھےٚ سیٚمھی ہش
ووٚنس رازن مےٚ وَن کیاہ دوکھ ژٕے ازچھےٚ
نیرِ ووسہٕ دژوس پگاہ رام راژ بنہٕ سُے

مےٚ وَن اُءخر چھےٚ کیٛاہ کتھ چھے ژےٚ کیٛاہ غم
بۭہِ کرِ یکبار سمہار چون ماتم
مےٚ وَن کیٛاہ چھم کرُن، کرِ چانہِ باپتھ
بہِ کیٛنژہہ وٕنہم پرُن پرِ چانہِ باپتھ
بۭہِ ما ذرِ چون اکھ اُشۍ پھٔیور ونےٚ کیٛاہ
مےٚ چھکھ ٹاٹھ سارِوے کھوتے اَپٕز چھا
رَگھُوکول رہت اَزتامتھ ییٚہے جان
وژُن پالُن دوہے یِوٚ دوے گوٚھن پژان
یتھے کیٛکی بہِ وُچھ گو راژِ تیار
ونس لی بو تہِ کرِ اَوِ راژِ یکبار
تیتھے پیوٗن بہِ رازس یاد پژونے
زِ ور منگِہتو مےٚ اُسۍ آنکار چونے
وٕنُس رازن چھےٚ کیٛاہ کتھ وَن ژِ پوٚز پوٚز
کرکھ بو پوٗرِ تم ووٕنی غم گوٚھی دوٗر
وٕنُس کیٛکی ژِ ونواس رام سوزُن
بھرت رٹہِ راژِ گدٕی بَس لی مےٚ بوزُن

تِتھے رازن یہِ ہۆز پیٹھ بال پیٖو تَس
یودھی راأوِس تیٚتھُے بدحال گو تس
کرہُنَس زارِ پارا کھور رئِڈنَس
لُجِس أشۍ دار پڑانس زورِ کھَس وَس
وُٹس ریٖژی گوھنا، راأنی ڈلہِ ہَس
ہوٚچھس زبو تھر لُجِس گو دشرتھس ژس
نیٖنڈرِ گژھ رازِہے پیٖو یتھر ستی
تہِ بڑونہہ کنہِ کھوٚتنی زَن أس کیکی
تِتھے پاأٹھی راتھ گیہِ دوشوِنی أندری کنہِ
سبٹھاہ ووسہِ دروس وولاسا بس نیٖبرِی کنہِ
صُبحے یامتھ ہیٖوتُن یُن گاش نیٚک نیٚک
ہیٖوتُن واتُن سمےٚ تیٚتھ رازِ تیلہِ ٹک
نیٖبرِی گرٛز منتھرن ہُند آسمانس
أندری رازس پیٖومُت زن پاأز پانس
أندری ہاأنکل برس ییٚتہِ رازِ دشرتھ
نیٖبرِی کھوٚت سِری یہِ زوتان بالہِ نِے پتھ

چھِ پڑاران سأرِی رامس، راژ شری رام
چھِ پڑاران واتہِ شوبھ گُر واتہِ سوکھدام
خبر أسا نیبرِ کنہِ أندرِ کیاہ گو
اَما اتھ پوشہِ پھُلیے ڈونٹھ ما پیٚو
خبر ما کائنسہِ أسہے کیاہ پرُن ووٚنی
دَلیس اِ ونتہِ أخر کیاہ کرُن ووٚنی
وَنو کیاہ نیاے کیاہ، اَنیاے کیاہ گو
وَنو کیاہ رانہِ کیکی ہاے کیاہ گو
سپدُن کیاہ چھُ أخر زانہِ کُس سہٕ
پَزر کیاہ گو، اَپُز کیاہ، مانہِ کُس سہٕ



## پرِورتن

نیبرِ ووسہٕ دروس ژوپأرِ ہرشہِ وولاس
ژوپأرِ اَز راژ دارس سورگہٕ گے بھاس
کرُن ووٚنی رامہٕ ژندرس راژ ابھشیک
بنُن ووٚنی رامہٕ ژندرس راژ وِویک

ژۄپأرؠ آکاش ڈٲتھی بِری یِہ پرکاش
گوٗمُت اندھکارٕ ہے لتہِ پۆرٕ پأٹھی ناش
سبتھاہ ہیوٚر بِری یِہ کھوٚت دوہ یور آمُت
چھُنا وُنہِ راژِ دشرتھ أندر وزامُت
چھِ پزاران سأرؠ رازس ژٕرؠ ووٚنؠ گو
کران تیز آو زنگتس پانہٕ ووٚنؠ رَو
یپأرؠ ہوٚنس دِوان أہوت چھِ برہمن
ہپأرؠ ہرشس اندر پزرا تہٕ ست زن
کوٗشلیا بیٚنہٕ سومترا ہرشہٕ ہے مژ
چھُ لکھمن پانہٕ شوبھ کارُک کران سژ
دِوان برٛہمن چھِ آلو راژِ أنؠ تون
سمیٔ ووت راژِ ابھشیکُک، ستُک سون
ہیٚون رٕژ گر یِہ واتؠ رُت یِہ سوکھدام
بُنن وِنؠ رامہٕ ژٕندرس راژِ شری رام
یپأرؠ آو پانہٕ دوہان یام شری رام
نینٛدرِ وۄتھ کونہٕ رازا از ونیک تام

سُہ گو نتہٕ وور دوران راژہٕ سے نِش
سُلی نینْدرے ووتھان اوس راژ دوہدِش
اَما کارن چھُ کیاہ از راژ ووتھ نا
پتا از یؤت ہرشس منز گوٚمُت چھا
تمِس چھا یؤت پانو سوکھ تہٕ آنند
مے کینٛہہ پاپھ کوٚرمُت چھُم تمیُک ڈنڈ
تمِس از زیٹھُ پوٚتھُر بنہٕ راژ ادھکاری
بران یَس رامہٕ سے چھی لول پوٚز سأری
چھُ پانے راژہٕ نہ نہرنۓ یہٕ کوٚرمُت
چھُ پانۓ راژہٕ ایہہ لؤک سوٚرمُت
مے اوسا زانہہ امیُک کینٛہہ لؤبھ پانو
کرِنی سپوا لؤکن بڈٕ شؤب پانو
اَما اِہ کیاژِ راژس ژیر گومُت
تمِس ما پژون از کینٛہہ یاد پیٚومُت
سُہ گو دوران دوان اِہ راژ ییٚتہٕ اوس
گُٹھِس بَر یام مُورن رام کتہٕ اوس

وُچھن دشرتھ پیٹوٗمُت اکہِ پأرٕ یامتھ
وُچھِن کیکی اما بیٚیہِ پأرٕ تامتھ
نہَ کیٚنٛہہ اوس ہوش تےَ گُنہِ حال رازس
نہَ گُنہِ أس رازٕسی ہٕنٛز چال رازس
پکلو لِتھٕ ناأوٕ ہٕتیٚ زَن حال بے حال
کلس مستس تہِ گومُت اوس زَن زال
گرِتھ ژھوپہٕ دم ہِہِتھ سہٕہ زَن بٕنتھ شال
تہٕ برٛونہہ کنہِ ترٕے أمِس کیکی مہا کال
نہَ کتھ باتھ نےَ وُٹھن پھِسراے کیٚنٛہہ آس
نہَ گُنہِ لوٕلچ تمن دوٗن تژاے کیٚنٛہہ أس
وُچھِن کیکی بٕنتھ زن سیمھنی اَکھ
اَما ویٚتُمت تمی زَن رأیلس ٹکھ
سبٹھاہ سپدیوٗس دوکھ یامتھ وُچھن درٛش
وُچھِتھ گو رامہٕ سے زن پانہٕ سے خش
گوٚشِتھ ہے بنگ کلے لیس زیو رٕہتھ گو
سبٹھاہ [illegible] کوٚرُن رازس پرن پیٚو

وٕنِو رازا یہِ کیاہ بدحال گومُت
وٕنِو کارن یہِ کُس از ژوٗر پیوٗمُت
وٕنِو أژر چھُ کیاہ کارن، یہِ کیاہ گو
یہِ وُنی کِمن پوشہِ پھُلے ڈوٗنٹھ کوٗ پیو
اجودھیا شولہِ ماران، ہرش گاران
نبرٕ پرٕزا چھِ سورگک مان ژھاران
چھِبے کیاہ کتھ کیاہ کرُن چھُم کیاہ برُن چھُم
تہٕنز أگنیا کیچ چھُم کیاہ کرُن چھُم
یہِ کرٕ سورٕے یہِ کرٕ نا تیاگ سمسار
تہٕنز سیوا کرٕنی میوٗن راژ دربار
وٕنِو جل جل کرُن چھُم کیاہ یہِ کرٕ تی
یہِ آسیم أگنیا تہٕنزٕے یہِ سورٕ تی
اَما کینٛہہ اورٕ ووترا دیُت نہٕ رازن
دزان أس راژسے ژم زنتہِ ہَن ہَن
پَتو ہیوٗت رامہٕ ژٔندرن ماجہِ ونہٕ نُے
ونو ماتا چھُنے کیاہ کتھ، کتھ چھُ سنہٕ نُے

ژِ مأج میأنی چھسے سنتان چونُے
اتھُ ما درٛینٹھ گومُت کینٛہہ تہٕ میونُے
مےٚ وَن مأجی چھُ کیاہ کارَن مےٚ وَن ژٕے
چھُ کیاہ رازس پیومُت غم بوزٕ ہا بےٚ
وَنُم ماتا سنیومُت شوٗک کیاہ سَن
وَنُم ماتا بنیمو پیٚڑ کوسہٕ ہن
چھُ کو رازس گومُت أندری سُتھ کیاہ
چھِ ترٛہ کتھ رکھ، تہٕ آمُت یتھ بُتھ کیاہ
منٛج شأنتی مےٚ رأوِم جل وَنُم ستھ
ووپاے ژھلنٛڈُن چھُ ژھلنٛڈس بوترٛچھے وَتھ
اوستھا رازٕ ہنٛز ڈیشتھ مےٚ پیو. دوکھ
قرار روٗدُم تہٕ ونہٕ کیاہ تیٚتھ لوٗگم چھوکھ
ژٕ ماتا ووٗنی مہٕ کر سنکوٗژ پوٚز ون
مےٚ چھے أندری دزان ژم مأج ہن ہن
مےٚ وَن ماتا چھُ کیاہ اَسہٕ ولنہٕ آمُت
مےٚ وَن کُس دود ووٚگلِتھ النہٕ آمُت

کرِس ووڈُتھ دِمس بو پران پنہٕ نُے
پیٹمس پادن مبے چھُم بھگوان پنہٕ نُے
وُنم ماتا مَہ کر ووٕنۍ ژیرِ یپٚتہٕ یور
کرُن چھُم چارٕ ماتا یتُھ نہٕ ووتھِ شور
سبٹھاہ کیکی بنیمٕ اُس نبرِدَے
وُٹھن ژاپان، اُچھن دٕے، اُس نبر یھَے
پتو کیکی ونان گٔے رامہٕ ژٕندرو
کتھا چھنہٕ کینٛہہ ونۍَ کیاہ میانہٕ گندرو
دوہا اکھ اوس رازن پژن مبے کوٚرنم
زٕ ور منگٕہتۍ مبے اَسِس، لول بوٚرنم
تَمے ور از مےٚ منگِمَس کانٛہہ کتھا چھا
پتُن پژن پوٗرٕ کرٕنُے، ژٕو وتھا چھا
یہِ بوٗزِتھ راز سے ڈوٚل من تہٕ گو کوٚل
مبے وتم میانہٕ پوٚترو کیاہ چھُ اتھ ہوٚل
مبے پرُژھنم یانہٕ رازن ون گوھی کیاہ
یہِ کیٛژھا چھے منگُن، منگ ٹھاک کینٛہہ چھا

یہِ بوٗزِتھ رامہِ نِے وۄن ماجہِ کیکی
چھِ کیاہ تم ور زٕ ونتم پانہٕ ماٗجی
چھُ یوٗدوَے میٲون کانٛہہ ہیتکار ماتا
ژٕ یوٗد زانان یہِ ہیکہٕ سُے بھار ماتا
وُنم کیاہ چھُم کرُن، ووٚنی ژیٚر مےٚ لاگ
کرٕنی چاےٚنی سیو ماتا، میٲون بوٚڈ بھاگ
ووٚنُس کیکی دپیوٚمَس رٹھ سیٚچ وَتھ
دِ بھرتس راژٕ گدٕی چھےٚ اکھ لوٕکٹ کتھ
دوٚیمِ ووٚنمس ژٕ سوزُن رام ونواس
یہِ بوٗزِتھ راژٕ نِے زَن کھیوٚ تیٚتھے تژاس
مےٚ دوٚیمَس یَس ژوداہَن ؤری یَن گژھُن چھُس
پتو لاکن تمِس پھیرِتھ تہِ یُن چھُس
مےٚ ونتم رامہِ ژٕندرو بڈٕ یہِ کتھ چھا
کرُن کیاہ اتھ مرُن چھا، اتھ ڈرُن کیاہ
تیٚتھے شری رامہِ نِے بوٗز راژٕ سُند پژن
اَسنہِ لوٚگ ماجہِ نِش کیاہ رام ست زن

چھبے کیٛاہ کتھ مأج أتھی پیٹھ راز وٮ۪یا گُل
بہٕ چھُس تت پرٮ۪ہٕ دزٲسے وُنہِ تہٕ چھُم سُل
چھُ رازن پٔژن بیہِ کوٚرمُت کلہٕ بہٕ نومران
تہٕ تتھ ٹٮ۪ٹی چون آنکار، رام سنتان
ژٕ بوز ماتا سُہ سنتان بھاگوان، شوٗر
کران ماتا پیتا سُنٛد یُس وژن پوٗر
سبٹھاہ دوٗرلب لبُن یُتھ وٮ۪ر ماتا
ہرش ماتا پیتا، یُتھ وٮ۪ر ماتا
ژٕ دِم أگنیا بہٕ دزٲس ونواس ماتا
لگیم کیٛاہ کینٛہہ ؤری چھِم آس ماتا
بھرت کرِ راژسی ٹوٗٹھ بھوے میوٗنُے
بھرت یُتھ ٹوٗٹھ بہٕ تہِ چھُس ٹوٗٹھ چوٗنُے
ؤنتھ لی رام، شری رام دزاو جل جل
منَس منٛز تام ونواسچ گٔنِس کل



## رامہٕ سُند وِنواس نیرُن

پتھر پیٔومُت تہٕ مُرژھا اُس رازس
تہٕ کیکی تار زنَ ژٕٹھو یہٕ سازس
کوٗرُن پرٕنام دوشوٕنی کُٹھِ نبر دژاو
ڈیکس دژہ کانہہ نہٕ، پوٗزا وُسس منَس بھاو
نبر نیرِتھ سُہ لتِہ سیٔوٗد کوشلہِ نِش گو
سبٹھاہ شرٕدھلیہِ سانت تس پرن پیو
تِمس کیکی ہُنٛدٕرے سیٔوٗد حال بوٗن
پنٕن ئیتھے اُمِس تت کال یوٗن
دوٗپُن ماجے مے چھے ونواس نیرُن
ژوداہٕ وہرِ چھُم مے ماجی تورٕ پھیرُن
بھرت جی یَس دِیِو ووٕنی راژٕ گدٕی میانٕی
یہٕ کیکی اندرٕ ووٗن، تی چھا یژھا چانٕی
مے چھُم نا راژٕ سُند پوٗز واکھ پالُن
مے تمٕی سُند ربن چھُنا نکھہِ ماج والُن

دۄیِم ییٚلہِ ماجہِ کیکی زون یِی جان
مبے چھُم مانُن تسُند تُمُو سُند تہِ سنتان
گژھِہم وونی ژٕری، دِم ونوٲسی وستر
مبے دِم اُگنیا ژٕ مأجی نیرٕ أٔخر
یہِ بُوزِتھ مأج کوشلیا لایہِ نے آے
تُمِس زَن اَسہِ وِنَس بُتھ بے پیٚیس ہاے
سبٹھاہ کوشلایہِ ووٗنَس وونی ژٕ ییٚتو بیہہ
ژٕ گژھِہم دۄر یامتھ بو کھیٚمے ویہہ
ژٕنے رُس رِکتھٕ پأٹھی وتم زِنٛدٕ یہِ روزَے
ژٕنے رُستے کیاہ کرے، کتہِ چون بوزے
چھِہ شوٗب یِتھ رازدارس چانہِ ستی
ژٕنے رُس یوٚد چھِم مبے سنتان ییٚنہِ تہِ کتی
ژٕ چھُکھ نا سارِنے ٹوٗٹھ، ٹوٗٹھ شری رام
مبے پوٚترو چانہِ زینہِ توٚو گاش ہو آم
ژٕ روزکھ دۄر یامتھ سۄر سپدہم
ژٕ روزکھ ییٚتو مبے کانٛکھیا پۄرٕ سپدہم

بَہ چوٗنُے پوٗترِ دوٗربَر زانٛہہ زرَے نو
ژیُنٛ رُس شری رامہٕ میانے بَس مرے ہو
سبٹھاہ کوشلیایہِ کوٗرُس زارِ پارے
ژٕ یوٗد ونواس نیرکھ پان مارے
مےٚ چھُکھ ایہہ لوٗک پرلوٗک پڑان وٹھِ یو
ژیُنٛ منز چھُم پڑان پوٗترو، پان وٹھِ یو
اُشِس لُج دار ماجہ کوشلیایے
سبٹھاہ آہمِ سو ولنٛے پوٗترِ مایے
کُرِتھ دأر ماجہِ وونُس وَن ژٕ کوٗت دزاکھ
چھبےٚ مأج چھےٚ ژیُنٛ مأنٛن ماجہِ ہُنٛد واکھ
ژبے مأنٛن یی، ژبے روزُن رازدارس
مرے بو یود ژٕ کرہم ماگھ ہارس
دوٗپُس شری رامہٕ نِے پھیرتھ پرَزر چھےٚ
میٚنٛ مأنُن چون دوٗپ پزُی پأٹھی زبر چھےٚ
میٚنٛ چھُم نا واکھ پالُن مألی سُنٛد جان
ژیُنٛ چھےٚ ہیُوٗن شیرِ پیٹھ سوامی سُنٛدے مان

یِہ رازن وٚون چھُ مانُن تی ژٕیِنؠ مأجی
ژٕ چھکھ پتہِ وژت کرُن چھےٚ یِی ژٕیِنؠ مأجی
یِہ بۄزِتھ گیہِ کوشلیا کتھِ سئنتھ بوز
وٚوٗنُن رامس ژٕ کر تی، ساوِدان روز
أنِن وسۭتر دِتِن رامس سکھر گےٚ
ژھُنِتھ سنیأسی ہٕندی وسۭتر زبر گےٚ
یُتھے شری رام سیتا دژاو وُچھنے
سۄ سیتا ٹأٹھ سیتا آو وُچھنے
یُتھے سیتایہِ ونوأسی اوٚت یِوان وُچھ
دوٚچھِن کھوٕوری نظر تمہِ سےٚ کران وُچھ
یُتھے ووت رام نِشہِ حأران سپدییہِ
وُچھِتھ سیتا تُمِس وأران سپدییہِ
یِہ کیاہ (رفاہ) کرِتھ چھُم رام دژامُت
أمِس چھُم بھوے لُکھمن ہتی آمُت
یُتھے بۄزُن چھُ رام ونواس دژامُت
یِہأے شیٚچھ پانہٕ شری رام ونہِ آمُت

یتھُے رامن وۄنُس اپھراے پنہٕ نُے
تیتھُے سیتایہٕ توگ نےٚ کینٛہہ تہٕ ونہٕ نُے
دۄپُس سیتایہٕ ییہ تہٕ نیرے ژیےٚ پتھ رام
ییٚتھن آسکھ ژٕ تۆ ترٕنے چھُم مےٚ سوکھدام
دۄپُس رامن ییٚتی روز راژٕسی بھوگ
ژٕ چھکھ کومل وَنِس منز چھِی سبٹھاہ رۄگ
ژٕ کر سپوا ییٚتی راژس تہٕ ماجین
ژٕےٚ چھِی سنتان بھرت، لکھمن، شترُگن
ژٕ کھوژان چھکھ وچھِتھ لبہٕ پٹھ ییہ واندٕر
ژٕ گوٕ سیتے وَنَن نیرکھ ژٕ چھکھ شُر
ژٕےٚ کر ازتام پتھرے کھور ترٛ وۄتھ
ژٕےٚ کر ازتام لۄکن پان ہوۄتھ
ژٕ نیرکھ ونتہٕ کتھٕ پأٹھی کیاہ کرکھ دور
خنین، خنمرین، کنڈبن ستی کیاہ کرکھ زور
ژٕ چھکھ بۄزن کھوان نانا پڑکأری
وَنَن منز کتہٕ ژٕےٚ میلن تم تہٕ سأری

دُرن وژت چھےٚ گرا کند مؤل آسن
گرا ژھٔری تریشہِ گٗلو پان چھوٗل آسن
ییٚتِن سوکھ چھےٚ وَن مژ بَس دوکھےٚ دوکھ
مےٚ وَن سیتےٚ ژٕ کوٕ ژالکھ وٕنکی چھوکھ
ژٕ روز ییٚتی رازٕ دارس بوز میٚونُے
یےٚ جلدٕے بہٕ چھُس شری رام چوٚنُے
سبٹھاہ شری رامہٕ نےٕ سیتایہِ وٚون گیان
بہٕ یوٗزِتھ اورٕ وٗنُس یم شبد جان
بہٕ چھُبس ترٕے چاٗنی پتہٕ وژت چھےٚ دھرم میٚون
ژےٚ ئستِن ژھاے روزُن یی کرَم میٚون
بہٕ چھُس چاٗنی ازٕ آنگیٚنی رامہٕ میانے
بہٕ چھُس چاٗنی داس دأسی راز میانے
ژےٚ رُس اکھ ژیٚوٗہ مےٚ وتم روزٕ رِکتھٕ پاٗٹھی
ژٕ چھکھ سوٗرے مےٚ، ژےٚ وٕنڈ ہےٚ پٕنٕنی ٹاٗٹھی
ژےٚ ئستی روزُن مےٚ چھُم بڈ بھاگہِ وأنی
چھُ دوشوٕنی ئستی روزُن سوے چھہِ جاٗنی

یہِ وُنی تھے دژایہِ سیتا رامہٕ سے پتھ
ژھنٕز ونوآسی وسٕتر سوے رٕٹن وتھ
أتی لکھمن وُچھان اوس کیاہ چھُ سپدان
سُہ سمواد دوشٕونی ہُنٛد اوس بوزان
تمِس یِژ دوَے سبٹھاہ گو شوٗک اتھ پیٹھ
یہِ بوٗزِتھ پانہٕ اتھ تمی دِژ نہٕ کینٛہہ ہیٹھ
اندرٕ ژاو أندرٕ پرِتھ آو جامے
پتھی پتھی رام لاگتھ اورٕ آمےَ
بہٕ چھس اکھ داس چونُے دژاو وُنی تھے
تہٕ دژاو رامس پتےَ سُنٛزیاسی بنٛی تھے
سبٹھاہ رامن ونیٛونس روز یتی ژے
یِمےَ ونواسہِ پھیرِتھ وارٕ پاٹھی بے
ژٕ کر سیوا پتاہس ماجہِ نٕے بوز
ژٕ کر سیوٕ راژٕ بھرتس ژٕ بٕنِتھ روز
اما لکھمن یہِ بوٗزِتھ شدٕ کتھے گو
گنٛڈِن گلو رامہٕ ژٕنٛدرس ادٕ پرن پیو

ونان گَو رامہٕ ژٔنْدرس کوٚت بہٕ نیرے
ژےٚ پتہٕ پتہٕ داس بُنٛ تھےٚ پانہٕ پھیرے
ژٕ نیرکھ پانہٕ ونواٖسکی ٹُلان دوکھ
بہٕ کِتھٕ پأٹھی روزٕ پیٚتؠ ونتم ٹُلان سوکھ
سبٹھاہ بۄزِتھ یہِ شری رام یوٗت گو کوٚل
وٕنتھ اِدِ کینٛہہ تِہ ہیوٚکنَس نےَ سُہ ما ڈوٚل
تہٕ یِتھٕ پأٹھی دزاپہِ یمِ ونوٲسی بُنٛ تھےٚ
گٔرِتھ نظرا گُنی سٔنٛزیاسی بُنٛ تھےٚ
نبر کِتھ دزاپہِ پرٛزا آیہِ اژٔسی تھےٚ
دوٚچھِن کھوٕری تہٕ پٔتی برٛوٕنٹھی آیہِ وٕسی تھےٚ
سبٹھاہ کرٛکہٕ ناد ۋوتھ لۄکھ خوٗن ہاران
لوٕکٕٹی بڈی تےَ پورٕش ترٕیہِ پالن ماران
اَما گَو کیٛاہ یہِ پھُلیے ڈوٚنٹھ گٔمی ترٛوو
اَما یَتھ شأدیاںٔس ماگ گٔمی ہوو
کھٕنزان مَس وَچھ ژٹان، پلوَن دِوان چاکھ
ژوپأری ہُے ۋوتھ ودان سأری ژھٹان باکھ

اونٛگھ اکھ رتھ سجاۆتھِ بڑوٹھ گُن جان
کھسِتھ گے اتھ رتھس پٮ۪ٹھ ویر سنتان
گنٛڈِتھ گُلی راژِ دارس دژلیہِ ترٛنیوَے
پرن پیٮ۪ہِ سارِنے کمہِ ملیہِ ترٛنیوَے
پژزا ساۄرے تہٕ منتری ماجہِ دوشوے
یمن پتہٕ پتہٕ دَوان گیہِ یور ترٛنیوَے
نگر ترٛاۆتھِ یتھے تمسا ندی واژ
بٮ۪ٹھِس پیٹھ سارِوے کوشلا کۆرکھ راژ
پگاہ دژاے پتھ ونن ننہٕ واۄری ونواسی
پژزا منتری تہٕ ساۄری پھیری وودۄسی



## دشرتھ راژن پژان تیاگ

یپاۄری دشرتھ سبٹھاہ شۆکس اندر گو
تمِس سوزُے مُشِتھ گو زَن پتھر پیو
ہیوٚتن دوہ دوہ گوھن نیربل تہٕ نیرآش
کوٹھین روو ہوش رازس گو اۄچھن گاش

سمےٚ ووت راژِ اَءِژ دژاو ہیٚڑ دھام
تٔمِس زیٚوِ پیٚٹھ ییٚتُے یوت رام بَس رام
کران گو رام ہی رام، پژان تژاوِن
ییٚتی دوہ اَسی کرمس تیٚتی پژاوِن
بھرت تےٚ بیٚیہِ شترگون رام تے شام
گاءِتی تِم اَسی ماتا مال کرتام
تِمن سوٗزکھ شیٚچھا اکھ راژِ پژاران
سۄبٹھاہ یِٔکال تِس ووت لولہِ ژھاران
ییٚتھُے تِم وٲتی اَتہِ اوس ناش گومُت
ایودھیایہ، پھُلیہِ زَن اوس ڈوشُھ پیوٗمُت
نہٚ اَتہِ اوس رام نےٚ لکھمن نہٚ سیتا
نہٚ گُنہِ ہرشا وولاسا نےٚ سُہ ووتسا
ییٚتھُے بھرتن پیہِ سأرے وارتا بوٗز
گوٗوِتھ نِش ماجہِ کیکی دم رُٹھ روٗز
سۄبٹھاہ گٔر تاژنا بھرتن پیہِ ماجے
دِوِتھ کیاہ سوٗزتھن ونواس راجے

پتَو اِ کوٚ رُکھ رازَس داہ سنسکار
گوٚمُت اوس شوٚک گرٚس بَس راز دربار



## آدرش سنتان

### ہُروارتا: شری رام:

سُہ سنتان بھاگوان وَن کوٚت آسی
یَیمِس ماتا پِتا بھگوان باسی
سبٹھاہ دورلب بنُن از رام پانو
سبٹھاہ دورلب لبُن یتھ نام پانو
پژ بھاتن عبتھ کران یُس پادِنے پوٚز
تِمِس ماتا پِتا سورُے، تِمی سوٚز
کران مأتلِس تہٕ ماجے پوٚز آدر
گلان تس پاپھ زٕہکی چھِی سراسر
چھُ سنتان سُے کران یُس اُگنیا پوٚر
چھُ سنکٹ دوشونی ہُند یُس کران دوٚر

تیٚمِس شبدِن اندر چھے نمرتا بھاو
تٔمِس پوٚترس پِتا زَن پانہٕ دَے آو
تیٚمِس پوٚترس چھُ اَشیر واد یِہُنٛدے
تٔمِس اتھہٕ روٹ نتی بھگوانہٕ سُنٛدے
یُتھے سنتان لبان تھٔز گتھ پَزر بوز
لبان سۓ بھَوٕ سرس پٔز وَتھ پَزر بوز
تیٚمِس مولُے گوٚروُٚ بھگوان باسی
تٔمِس وَتم ژھٔر بر اِدٕ کیٛازِ اَسی
تٔمِس سوزُے چھُ واتان پاَنٛ پانےٚ
تٔمِس سوزان بھگوان دانہٕ دانےٚ
چھُ ماۂلِس ماجہِ کیُت یُس ہرشہٕ وولاس
تٔمِس سوزُے زگت چھے گلی گنٛڈِتھ داس
تیٚمِس انتاہ کرن شودھ، یودھ اَتھَس یَس
وَیَس پوٚزا پِتا ہنٛز پوٚز چھےَ لَس
کران سیوا چھُ ماۂلِس ماجہِ سنتان
پزٕن چھِس یم، پزٕن لَس پانہٕ بھگوان

تِمٔس مندرن گژھِتھ اٚخر کرُن کیاہ
تِمٔس ایہہ لۆک پرلۆک ہیتھ سورُن کیاہ
تِمٔس چھِی شِو تہٕ شکھتی دارِ سے مژ
تِمٔس سِندھان یم پرِوارِ سے مژ
نبر نیرِتھ تِمٔس دَے کتہِ چھُ ژھانڈُن
زگت ژھاٲنڈِتھ تِمٔس کتہِ پےٚ چھُ ژھانڈُن
تِمٔس دَے چھِے گرس مژ پےٚ تہِ اٚتی نِے
تِمٔس سورُے چھُ بۆزنِہ کنہِ زَے تہِ اٚتی نِے
پِتا سُنٛد اکھ شبد لَس گالہِ ہتھ پاپھ
پِتا ہِنٛز سِیٛز نظر ژٕلراوِ ہتھ شاپھ
پِتا سُنٛد اکھ اَمَش سنتان پٔزی پاٲٹھی
پِتا سنتانہِ سے سَتھ گیان پٔزی پاٲٹھی
پِتا ماتا سِتٕک دھنہٕ دیار پۆترس
چھُ سورُے لَس یِیےٚ سمسار پۆترس
گۆرُو زانان پِتاہَس سُے چھُ پزاوان
کران سیوا چھُ زانان چھُم یہِ بھگوان

تِتھس پۆتھرس چھُ جے جے کار میۆنُے

تہٕ أشیرواد بارم بار میۆنُے

اَما کتہٕ رام اَز شری رام میۆنُے

چھِ مُری یاد کتہٕ سُہ تَمُی سُند نام میۆنُے

أکس شبدس پیٚٹھے ونواس پژوُن

پِتر بھکتی تہٕ سنتان بھاو ہووُن

تپسیا کرنہٕ اِڈ کیٚاہ دژاو ونواس

دِژن لتھ راژسی بھُوگن کوٚرُن ڈاس

گرِن کیٚاہ پالنا گمہٕ لولہٕ، وژنَن

سبٹھاہ ہرشس گوٗھتھ دژاو پانہٕ ست زَن

کوٚرُن بلیدان سورُے دژاو پأنس

دوٚپُن سوکھ واتہٕ امہٕ ٔتھن پتاہُس

یہٕ اوس کرتام، کرتام رام آمُت

یہٕ دشرتھ راژہٕ سنتان زامُت

یِہوے بھگوان، یِہوے شری رام سُے رام

یِوِن لس ژرنہٕ کملن سون پژنام

## بھیشم پِتامہہ

اَما کتہِ سأ سُہ بھیشم مان تٔمۍ سُنٛد
اَما کتہِ مول تس، بلیدان تٔمۍ سُنٛد
اکأے کانٛکھیا تہٕ سوے مأژس گٔرِن پۆر
پرٛتگیا تِژھ گٔرِن بۆزِتھ گرٛھان سۆر
دِژِن لتھ راژٕسی رازس وۄنٛدُن پرٛان
اوٗنٛن مأژس بجا بول، دژاو سنتان
کۄرُن پرٛن، وأنٛسہِ نیتھٕر کرنہٕ زانٛہہ بو
گوٗھسم روزُن پِتا پرٛسن دُکھی نو
پیٛہوے بھیشم پیٛہوے سنتان نۄن دژاو
زگت تنہٕ پٮ۪ٹھہٕ أمِس ترٛین کران آو
دیُتس وردان مأمٔلی تیٚز پرٛاوکھ
یٮ۪ۄھک یٮ۪ٚلہِ پانہٕ، پنہٕ نی پرٛان ترٛاوکھ
پیٛہوے سنتان مہابھارت کران آو
پیٛہوے سنتان اَتھس کنٛتھ پرٛان ہیتھ دژاو

یۆژھُن ییلہِ پانہٕ پانئے پڑان تژ اۄن
یۆدھشٹر راژِہے تھٔدی گیان باوِن
یتھِس پۆتھرس یہٕ جے جے کار اَسن
یہٕ سون پڑنام بارمبار اَسن



## شرون کُمار

اَما پتھ کالہِ اوسُے بیا کھ سنتان
تمِس اوس مول موج ساکھیات بھگوان
پیتا ماتا تمِس اَسی اَنی تہٕ رئی بوز
کُنے سنتان یمِنے ساوِدھان روز
کران سیوا یمن اوس دِن کھیو راتھ
یمن نِش دۆر روزان اوس نہٕ اکھ ساتھ
کران شژ انا یمن دھیانا کران اوس
کران پۆزا یمن لولا بران اوس
یمن ژرنَن تلے بھگوان تس اوس
یتھین یمِ پانہٕ دے سندِھان تس اوس

یمن ترتھن تہٕ دِوین ہئژ گیکھ کل
دوپکھ پوٗتھرس ژٕ واتہٕ ناو پانہٕ اسہِ جل
لبو أسی تار یَتھ بھَوِ ساگرس جل
ژٕ کر سائنٛ پوٗرٕ منہِ کامن لبکھ پھَل
ژئے چھےٚ پرٛتھ ساتہٕ أشیرواد سونٔے
ژٕ بوزَکھ ووٚنی ستگ جےٚ ناد سونٔے
شرٛون گُومار پادَن تل یمن پیٛو
یمن ترتھن ننگ سُے سئز کران گو
بَنأون ترکرِ پأترٕ جوٗری پانٔےَ
نکھس کھأرِتھ کڈن شردھایہِ سانٔے
تھوِن دون پأترن منز مأج تےَ مول
نین ترتھن تہٕ یوٚرنکھ مامے تےَ لول
سبھٹھاہ ترتھن گوٚھتھ لوٚب گاش یموے
ژولکھ سنکٹ وُچھکھ پرٛاگاش یموے
یہٕ گیہِ بڈٕ پترٕ بھکتی، پرٛاوِ اِدٕ سُے
پتا ماتا چھُ ٹوٗٹھ، دیہِ ٹوٗٹھ سُے چھےٚ

یِہوے شُرون کُمار کیُتھ بھاگوان اوس
پرٛزلون، گاشہِ تارُکھ، تیزٕ وان اوس



## اۄہی

تِتھین سنتانہِ نِے گژھِ نا وندُن پرٛان
کرُن گژھِ راتھ تے دوہ پوٗز یِہُند دھیان
کرِن سبدھ، تہُنز منہِ کامن سدا شو
کرِن رکھیا صُبحن شامن سدا شو
سو ورٛتھ دِیہِ نو دِوہے بھگوان میٔونے
سبدتھ بنٕنو تہٕ لگِنو پرٛان میٔونے
رٹُن گژھِ رام تےٚ بھیشم پِتا زَن
کرُن گژھِ دھیان یِہُندے نتھ پرٛ باتن
کرُن پرٛنام یمن نتھ پادِ کملن
تہٕ زانُن مول تےٚ موج پانہٕ بھگون
رٹُن گژھِ پانہٕ اۄشیرواد یِہُندے
یُتھے سنتان پرٛزِ کِنہٕ زے لبان چھے

مےٚ روٗٹھمت پریمیٚن لوکچارٕ پیٹھٕ مول
پِتا میوٗنُے گوٗرُوٗ أمِی سے بوٚزُم لول



## بھرت جی یُن شری رام پھیرِتھ اَنٕنہٕ نیرنک سٕژ

وشِشٹ مہاراج ونان گو بھرت جی یَس
تہٕ أندی أندی راژٕ منتری ییتی أسی تس
بھرت جی ووٚنی سبٹھاہ شوٗکس اندر اوس
أتھی اندر یِی مُنیشر اِدٕ ونان گوس
پڑتھا یِی، ووٚنی ژٕ ووتھ رٕٹھ راژٕ گدی بوز
ژٕ بڑوٚشہہ کُن راژٕسی کر، ساوِدھان روز
ایوٗدھیا وأسی یَن کر پوٗرٕ رکھیا
یمن بر لول یِم چھِی چأنی پڑزا
ژٕ ووتھ تھوٚد راژٕ دشرتھ دزاو پأنٕس
ایوٗدھیا چھےٚ ژٕنے پڑاران پوٗز کرنٕس
یہٕ بوٗزِتھ گو بھرت ہے بنگہٕ أندری موٗد
وشِشٹ جی یَس سُے بڑوٚشہہ کُن گُلی گنڈِتھ روٗد

گوٗرو مہاراج مےٚ وُنی تو یِ پزتھا چھا
مےٚ زینُتھ چھُم رام شری رام میانی کتھ کیاہ
بہٕ کتھ پأٹھی راز گدِ بیٹھ بہمہٕ راجن
چھُ شری رام پانہٕ اَدِھکأری گس بہٕ آسن
بہٕ گژھہٕ ووٗنی پانہٕ ونواس رام ژھانڈن
اَنن بو پانہٕ شری رام یُوری راجن
ستایہٕ ہُند سےٚ چھُ اِدھکأری، بہٕ گس چھس
چھُ شری رام پانہٕ بھگوان چھس بہٕ اِد گس
اَنن بو پانہٕ پھیرِتھ راز شری رام
ایودھیا وأسیَن زِبوِ پیٹھ تسُند نام
بہٕ چھس سیوک تسُند اکھ داس تمُی سُند
ایودھیا وأسیَن وبشواس تمُی سُند
دیِوِ أگنیا بہٕ گژھہٕ پانے وَنن منز
بہٕ کرِ شری رام پھیرِتھ انہٕ گُے سنز
مےٚ اکھ اکھ گر چھِ باسان زِئوُتھ اکھ کوہ
گژھم ووٗنی ژِپر راوبم بنیہٕ أزیک دوہ

تہٕ یُٛزِتھ شوٗک ژوٚل ہرشس اندر گۓ
وِشِشٹ مہاراج تہٕ منتری خوش زبر گۓ



## بھرت جی یُن نیرُن

بھرت جی دژاو اِد کیٛاہ وارِ کارے
تُجن سینا سبٹھاہ ءستی راز دارے
تمُس ءستی دژایہِ منتری گن تہٕ سأری
کوشلیا بٔیہٕ سومترا ءستی کیکی
نگر وأسی تہٕ تَس ءستی دژایہِ سأری
سجأوِتھ ءسہٕ تہٕ گُری کیٛاہ آیہِ سأری
دکھُیٚن گُن سارِوے کوٚر پوٚرِ پرٛستھان
تہٕ زِوِ پیٹھ سارِنے اوس رام بھگوان
یتھُے تم وأتی شرٛنگ بیر پور سأری
اَتی ڈیرا دیتگ لگی کرنہٕ زأری
اَما سَنہٕ آسہِ کتہِ شری رام سوٗئے
اما دژاو کمہِ سٕہہِ وتہِ شری رام سوٗئے

کرو دَرشُن کروس أسی پوشہِ ورشُن
اَما گُر آسہِ کوسہِ ییٚلہِ میلہِ دزشُن
نِکھاد رازن یتھُے یؤز بھرت جی آو
سُہ پانے وُچھنہِ سورُے اور گُن دزاو
وُچھِن سینا سبٹھاہ یٚیہِ لؤکھ وارا
وُچھِتھ رازس أندرٕ گو شؤک وارا
ژوپُن آمُت بھرت کیٛاہ کرنہِ أخر
مےٚ باسان چھُس کوٹیل من، نتہٕ یہِ کیٛاہ گر
یہِ ما از رامہِ ژٔندرس کیٚنژھہ چھُ اتہِ وار
کرُن پزِ چارٕ وونی کیٚنژھہ روزٕ تیار
پٔنٕز سینا تھٔون تیار یکبار
کوٹیل من آسہِ یَس کرِ ہوس یلغار
سُہ یؤدوے آسہِ یور یودھ کرنہِ آمُت
کرو أسی چارٕ زَن نے آسہِ زامُت
منَس مشرٕ یی وبژارن دزاو پانے
پٔنٕز سینا تھٔون دؤر آو پانے

یُتھے بھرتن وُچھن نِکھاد یِوان
دۄپُن منتری سُمنتس وارِ تھَو دھیان
یِوان چھے راز گوٗہ یُس چھے میتھر میوٗن
یہِ چھے شری رامہٕ سُند ہِتکأری میتھر پڑون
خبر آسبس کیأزِ دژاو رام بھگوان
پرٛژھو أمی سے کیأزِ نیرُن چھُ اسہِ جان
نکھاد راز یام ووت نِشہِ پانہٕ بھرتس
کۄرُن پرٛنام بھرتس لول یۄرنس
تھووُن نذرانہٕ وارا برٛونٹھ کنہِ تَس
پرٛیوٗزن کیاہ چھُ یِنہٕ گُے پۄزِ پرٛژھنَس
دۄپُس بھرتن چھُسن بو رام ژھانڈان
گوٚہن ۄونس تہ سنا کیازِ لاران
دۄپُس بھرتن مےٚ چھم بۄین رام پھیرِتھ
تِمس کُنیت رازِ سنگھاسن چھُ شیرِتھ
مےٚ چھم منتری تہٕ سأری دٕرباری ستتھن
مےٚ چھم ماتایہٕ پرِوار سأری ستتھن

مَنَس منز چھُم ہے سَتھ شدکا مہ کر کاشہہ
ہےٚ چھُم ٹوٹھ رام، شری رام تراو نا زانہہ
سُہ چھُم سوزُے ہےٚ چھُم سوزُے تیٚشدِ ستی
بہٕ آمُت زار پارَس ہتھ توے کتی
یہِ بوٗزِتھ گو نِکھاد رازس ہرش مان
کرنہِ لوٚگ پانہٕ اِدِ بھرتس توتا جان
ایودھیا وأسی، منتری گن تہٕ سینا
أتی روٗدی تِم وسان ییٚتہِ أس گنگا
سبٹھاہ راتس تِمن أس بے قراری
وُچھون کر رام راتس گرِکھ زأری
کوٚرُکھ ووپواس سارہو اِدِ نِمُندر کیاہ
دیان أسی راتھ گژھِ نا گاش ییہِ نا
وُتھِتھ گو پرات کالس اِدِ بھرت یام
کوٚرُن گنگایہِ ترُنُک پانہٕ سٕتر تام
نِکھاد رازن اپور دیٚوو تار سارنَن
گوٚروٗجن، منتری گن، ماتایہِ تارنَن

ایودھیا وأسی ییَن یام تار دیوُون
تۂ سیِنایہِ تار دِتھ، لیش، ناو پژووُن
وۄکھلی دژاے سأری اتہِ پیٹھ رام ژھانڈان
لۆبکھ اِد دوٗرِ برداز آشرم جان
کۆرُکھ برداز مُنیٚ یَس یتھ نمسکار
پرن سأری پیٚیس، کۆرہَس جے کار
وُچھِن بھرتس یہِ سیِنا ستۍ یامتھ
سبٹھاہ کھیوٗبس مُنی گو پانہٕ تامتھ
پتو بھرتن وٗنُس مہارا انَن رام
یہٕ چھُس سیوک تسُنٛد، سُے میون سوکھدام
یہٕ چھُس آمُت نمن شری رام پھیرتھ
تمِس کیٚت راز سنگھاسن چھُ شیٚرتھ
یہِ بوٗزِتھ گو مُنیشر تیوٗت ہرشس
دیُتُن اِد پانہٕ أشیرواد بھرتس
دِژِکھ راتھ أتی پگاہ اِد دژایہِ سأری
گرِکھ شری رام ژھانڈنٕچ یِژ تیأری

ژٕترٕ کوٗٹ وأتی اتہٕ پیٹھ سأری یامتھ
زنکھ رازا تہٕ ووتمُت اوس تامتھ
یتُھے تمی بوٗزمُت ٕ اوس رامہٕ سُند پےٚ
زٕ سیتا ہتھ تہٕ لکھمن کور گُن گےٚ
سُہ دژامُت اوس اِد شری رام لبہٕ ہَن
رٕژن ٕستی منترِ گن، پروار رازن
أتی اِد پیٹھی دوشوٕے دیتکھ ٹھیکان
سوران سأری وچھون کر رام بھگوان
سبٹھاہ اوس گرزز، کران سأری رام شری رام
ایودھیا وأسی، سینا، لوٗکھ، ہنگام
پیأری شری رامہٕ نےٚ بوٗزٕ ٕام کرٕکہٕ ناد
أژین سیتاٚ تہٕ لکھمنس پوٗن یاد
وُچھن کیاہ لکھِمَن، سیٖتا چھِ کوسہٕ تام
اَما زَن چھکھ بھرت ٕستی، وُچھو رام
اَما پزی پأٹھی چھا یور بھرت آمُت
رٕژتھ چھا رازٕ گدی یودھ کرنہٕ آمُت

اَما شری رامہٕ نِے بۄزِتھ اُسن تژوو
منَس تَس گژاے، ئُج نےٚ لول تٔمۍ بوو
بھرت ووت تام شری رامس پرن پیٹھ
روٗٹُن رام نالہٕ متہٕ، رامس شرن گو
أشِس لَس دار ئُج، گنگا وسان زن
کۄرُن درشُن تٔمِس ووگنے یہٕ ہَن ہَن
یِتھُے بھرتن وۄنُس گو راژِ سورگس
سُہ دشرتھ راژِ سون بب رۄد ییٚتہٕ کس
ایودھیا رأژہۍ پرٛتھ شیہٕ نرآشا
ژوپأرۍ اندٕ ھکار تہٕ وُنی کینہ کُنہٕ نہٕ گاشا
اناتھ سأری چھِ گأمتۍ أسۍ گرو کیاہ
اَما شری رامہٕ ہیے رُس أسۍ سورو کیاہ
یِیِو پھیرتھ رٔژو توہۍ راژِ گٔدی جان
توہۍ سأنۍ بب، پیٚتا، ماتا تہٕ بھگوان
چھِ سأری یِژرۍ آمتۍ تہنٛزٕ مایے
ایودھیا وأسۍ یَن اکھ تہنٛد سایے

چھِ اَسی آءتی کران توہہِ زارِ پارے
تیٚیو پھیٚرتھ ایوٚدھیا وارِ کارے
اما یام لَکھمن بۆزی بھرتہٕ ہنٛدی واکھ
سبٕٹھاہ آشور کوٚرن ہتی ژھٔٹِن باکھ
اَما گو کیٛاہ، مےٚ کیٛاہ روٗدم، کوٚرُم شکھ
خبر اَسا بھرتٕ چھُم رامہٕ ہیٚ ڈکھ
سبٕٹھاہ گےٚ رام، لَکھمن شۆکہٕ ہتی گیر
یتھےٚ بۆزکھ پتا گو، آکھ زن تیٖر
تہٕ ہتی بۆز سیٖتایہٕ تیٚتھ ژھٔٹِن باکھ
دوٚپُن کیٛاہ گو، ہیٚتِن دِنٛی وسترن چاکھ
اَما شری رامہٕ نِیےٚ کوٚر دأر کۆتاہ
گرِن سأری شانت، ژوتکھ گیٛان تیۆتاہ
پتو ہیوٚت سارِوے شری رام پۆزُن
وشِشٹ مہاراج زنک رازَن تہٕ بوزُن
کران گےٚ سأری وَنتی رامہٕ ژٔندرس
تہٕ بۆذہہ کنہٕ زَن شرن اَسی رازِ اِندرس

یتھا یوگیہٕ رامہٕ ژٔندرن لول بۆرنکھ
کرِتھ ستکار، پٔنس انکار کۆرنکھ
پِتا سٕنز اگنیا چھم، سوے کرِنی پٔور
تسُند چھم آتما بڑوٚنہہ کنہٕ، نہٕ کیٚنہہ دوٗر
ژۄداہَن وٕرٕیَن کرُن چھم پٔور ونواس
یتھُے موکلن وٕری یمٕ، اِدٕ تیٚتھُے آس
گژھو پھیرِتھ گرِو توٚہۍ لولہٕ ویوہار
بھرت جی گژھ ژٕ رٹھ ووٚنی راز دربار
پرٕزا پالُن، ایودھیا شوٗبہٕ راوُن
نگر وأسی ژٕ اکھ اکھ شانت تھاوُن
ژٕ کر سیوٕا لۆکن ہنز یمٕ ژٕ سنتان
برُکھ پوٚز لول ٹوٚٹھی پانہٕ بھگوان
یہٕ چھے میٲنی اگنیا ووتھ کر یہأے پٔور
ایودھیا واسیَن سأری دوکھ گژھن دوٗر
یہٕ بوٗزِتھ گو بھرت لاچار لاچار
سبٹھاہ گو کھیوبہٕ سے منٛز کیتھ لگم تار

رٔٹن ژرناربنٛد رامس پرن پیٛوس
أشس لٔج دار تس أژر شرن گوس
گرٕن وٕنتی دُبارے رامہٕ ژٔندرس
دِیو توٚہی پنہٕ اتھ کینٛہہ ییٚتہٕ پٕژن وٚس
تھوٚن بو بڑ وثھٕ کنہٕ سُے لولہٕ سِندھان
زَن أسِو پانہٕ تتہٕ شری رام بھگوان
تہنٛزٕ أگنیا تتھے پأٹھی پالہٕ اِ بو
اَدے دۄ ربر تہنٛدے ژالہٕ اِ بو
یہٕ بۄزِتھ رامہٕ ژٔندرس آشوٚر گوس
دِژن ژٕہتھ یام، یکدم زوٚن تتھُے پیٛوس
کھوٚرن ہٕنٛز کھڑاو دِژنَس لول بوٚرنس
سو رٔٹ بھرتن تہٕ کھراوے میٛوٹھ کوٚرنس
رٔٹتھ شری رامہٕ ہنٛز أہی بھرت آو
کلس پیٹھ کھراو ہیتھ رامس نِشے دژاو
نگر وأسی، مُنی شر، راژٕ دربأری
تہٕ سینا ہیتھ یہٕ پھیرتھ آیہٕ اِ سأری

ایودھیایہِ وأتی پھیرِتھ وارِ کارَے
کرنہِ لگی سأری وٕہار پٮ۪یہِ دُبارے
بھرت بیۂٹھ پانہٕ کتہِ سنگھاسنس پیٹھ
تھٲوِن شری رامہٕ سٕنز کھراو آسنس پیٹھ
ا‍ؠُدھ پوری نبر اوس گام نندگام
بھرت تپسی کران رؤد، رام شری رام
ژ‌ودأہن ؤری یَن بھرت بے حال حالے
کوٗرُن پڑن یۄد نہٕ پیہِ رام پان زالے



## شری رام بڑوٕنہہ پکان

ژِترِ کوٗٹ ترٛوو رامن بڑوٕنٹھ اِدِ دژاو
تہٕ ٹاٹھ سیتا تہٕ لکھمن سٕتی ہتھ آو
ریٖشی أتری، انُوسُویا تمِس ترِٛے
ہیتھ آشرم گٔی منز بأژ ییم زِٕے

اوتُے وٲتی رام سیتا ہیٚیہ ییہِ لکھمن
کوٗرُکھ سارُے ریٚشِس پرٛنام ژرنَن
أتی کُٹیایہِ منٛز روٗدی أتری یَس نِش
کوٗرِکھ ستکار کران یتھِ پأٹھی دوہدِش



## پَتِ وزت دھرم وو پدیش

ریشی أتری کران گو اَستوٗتی جان
وُچھن یام رام، شری رام، پانہٕ بھگوان
کوٗرُن، اتہِ تریٚنوٗنی رُت مان ستکار
کوٗرُن شری رامہٕ ییہِ جے کار جے کار
تہٕ راتس ہیٚٹھی أتی ونوأسی ترٛیوٚے
پگاہ اتہِ نیرٛنک بَس پوٗرٕ عیٚشچے
ریٚشی پتنی انوسُویا تہِ تپسی
تیٚمِس بھگوان ساکھیات اوس سأمی

وُچھِتھ سیتا ریشی پتنی ہرش گو
تمِس نأری دھرم ءستی ژبتس پیو
دیُتن سیتایہِ أشیر واد پانے
سبٹھاہ شرٛنگار کوٗرُس لولہٕ سانےٚ
پتو نأری دھرم ۆونُس سۆبستار
چھُ کیاہ پتہٕ وژت دھرم، پۆز کرمہٕ، وۆہار
بنُن ہیتکأرۍ بأیِس ماجہِ مأرِس
کرٕنۍ سیوا سومنہٕ ستکارٕ وأرِس
دیان یۆد آسہِ آپتھ کال پیومُت
یمن ژون ہتٕز پریکھیا کرٕنۍ ۆومُت
گوڈٕنۍ گژھہِ دأر پرٕکھاوُن، وژبر چھا
دھرم پنہٕ نےٚ ژۆیمِ، ءستی زبر چھا
ترٛیم گژھہِ پۆز میتھر پرکھُن اماُیس
دوکھس تےٚ سنکٹن سہایت کران یُس
تہٕ ژۆرِم ترٛےٚ پننہٕ پتہٕ وژت پزۍ چھا
تہٕ آپتھ کالہٕ سےٚ ترٛاوِتھ گژھو ما

اکوے نأری دھرم ترٛیہِ، وٕژتھ، نیم تار
کرِنٕ سیوا، برُن پۆز لول تےَ پیار
پتُن سأمی أکِس ترٛیہِ آسہِ نےَ اوٚر
تہٕ یودوَے آسہِ وٕژدِھ، روٗگی، کنو زوٗر
تہٕ کُنہِ رَنگہٕ آسہِ یودتس روٗپہٕ وبکار
تہٕ یودوَے آسہِ نِردھن، آسہِ لاچار
تتھِس پتٕیَس کرِی یۆد نأر ایمان
تمِس نرکس اندر چھُے واس پۆز مان
پتی وٕژت ترٛے چھِہ پورشس اردأنگی
تہٕ پزٕ پأٹھی ترٛیہِ چھُ بھگوان ستی سأمی
یہوے وہ پدیش دِوان گےٚ رأتی رأتس
انوسُویا أمِس سیتایہِ پأنس
ڈ ویمِ دوہ اوس أتہِ یمِ وزأیہِ سأری
وُنِس منٛز ریشی تہٕ مُنٕ اتہِ آیہِ سأری
وونکھ ساریو سیٚتھ شری رامہٕ سےٚ کُن
پنٕنز بأوِکھ أمِس دوکھ سأری بیٚون بیٚون

وَنُس منز ییْتہِ چھہِ کأتیاہ زیٖو بھگون
دِوان کشٹ یم چھہِ اَسہِ کیٚاہ راتھ تے دۄن
یمن گڑھہِ تہُنٛدٕوے اتھہِ ناش بھگون
وبنتھ سأنۍ یِی کٔرِو رکھشیا مہازن
تتھا استو وٕنتھ اِڑ دڑاو شری رام
مہاون اوس ییْتہِ توٚرۍ ژاو شری رام





یتھ پأٹھۍ وۄت سرواند پریمی سُند وۄنمت کأشرِ رامایَنُک
دۄیمِ کانڈِیانے ایودھیاوارتا اند۔

(26/جنوری 1990ء۔ شوٚ کروار۔ پریم آشرم، صوف شالی)



# ترٛیِم بوگ

# ارنیِہ کانڈ (ونواس)

ویۆتھ پۆتھ وِستار:

# ترٛیِم بوگ

## أرنٛیہِ کانٛڈ (وَنَن منٛز)

### ونواس وارتا

لٔچھمن رام منٛز وَنَن بڑ وٕنہہ گٔے پکان
یمن سیٖتا زنک نندنی تہِ ہٕتمن
ژٕ وچھِن کھوٕرٕ وُچھان گٔے نیٖرزٕنی وَن
کھیَوٕ، خُشبوٗ، کنڈیو پیٹھٕ وڈایہِ ست زَن
پکان بڑ وٕنہہ بڑ وٕنہہ یمن اوس پانہٕ شری رام
منٛزس سیٖتا زپان أندری سو آسِ رام
یمن دوشوٕنٕ پکان پتہٕ اوس لٔچھمن
وُچھان بوٗن گُن أمِس اوس ساوِدان من
تہِ زانُن رام بڑھم اوس پانہٕ بھگوان
تہٕ لٔچھمن زیوٗ زانُن آتما جان

یَمن منٛز باگ سیٖتا زنتہٕ مایا
سبٕھاہ دورلب لبُن ستھ، آسہِ کایا
پکان گئے وأتی تِم ڈنڈک وَنس منٛز
أتی کوٗر روزنُک أژر یِمو سٔنٛز
ژوچِھن کھوٕری وُچھکھ اتہِ آشرم ٲکی
وُچھکھ اتہِ ریٛشی تہٕ مُنی، سادھک یِمن ٲتی
وُچھکھ أتری مُنیشر اتہِ کران تھپھ
تِمٔس ٲتی ترٕے آنٛسویا کران زپھ
سُتیکھن ریٛش وُچھکھ ترٛنیوَے پرن پیٛأس
دیتکھ تِمٔو پانہٕ أشیرواد شرن گأس
اَما یُکی بزٕونہہ یامتھ بیٛاکھ ریٛش آو
یہِ اوس آگست مُنی پژاران ہتھ بھاو
یِمو ڈنڈوتھ کوٗرس، ستکار کوٗرہَس
مُنی ہرشس سبٕھاہ گو لول بوٗرہَس
ژوپُس آگست مُنی یَن ووٚنی یٖتی روز
ژٕ چھُکھ شری رام بھگوان، میأنی کتھ بوز

سبٕھاہ سنکٹ پکٕن بڑوٚنٛھ اکھ ترٛیا ہٕتھ
ییٚتی روٗزِو مےٚ نِش اَءخر چھےٚ کیٛاہ کتھ
ژوٚپُس رامن گوٗھُن ایکانت شایے
تتی روزو چھِ دزاءمتی جان رایے
ڈنڈک وَن ترٛوو یِمِوے بڑوٚنٛہہ پکان گۓ
پکان گۓ ہیٚچ وٗتی واَتتھ اما پیٚۓ
سبٕھاہ رمنیک یہِ لتہِ اَس جاے سوندر
منٛس گوکھ موٗہ، اَتی روزنٕک سراسر
پٔرن کٹیا اتی، آشرم بنووکھ
سبٕھاہ سوندر سجوٗکھ، شانت تھووٗکھ
کوٚرُکھ ہوٚنا، پرٛویشا اِد کوٚرُکھ جان
اَتی ترنیوٚے کران گۓ دیہ سُنٛدٕے دھیان
ندی گوداوری اتہِ اَس یُتھ جان
کران اَتی رام لکھمن شرٛان تےٚ دھیان



# شرٛوپہ نکھ کتھا

دوہا سپدیو، اَما راکھیس کنیا اکھ
سبٕھاہ سوٗندر، شریس بَس دِوان دَکھ
یہِ اَس شرٛوپہٕ نکھ یہِ اَسے راوٕنٕنۍ کوٗر
یہِ اَس پھیران وَنَن منٛز دوٗر تےَ دوٗر
یتھے کُٹیایہِ نِش واَژ رام ڈیوٗنٛٹھن
منَس لۄج گژاے تس زن کام ڈیوٗنٛٹھن
ژوَنُن رامس یہٕ چھبس سوٗندر مےٚ برلول
مےٚ وۄت یِژکال ژھانڈان چھُم گوٗمُت ہول
ژوُنس رامن ویٚواہ کوٚرمُت مےٚ چھُم جان
مےٚ چھُم سیتا پنٕنۍ ترٕٕے ستۍ پوٚز مان
پتُن چھُم بھوے لکھمن ییتھٕر رسٕتے
تمِس ون پانٕہ یوٚدوٕے مانہِ ییےَ سےُ
نکار دوشوٕے اُمِس کوٚر ژکھ اُمِس کھوٚت
بنوٗن رِپھ ویکرال، گژودہِ ہۄٚت مۄت

ہیوٚتُن سیتایہِ لاژن کرٛوٗدھ کھوٗرن
اَما گوٚو رام کوٚت سن وارِ ژھوٗرن
بیپأری لَکِھمن سبٹھاہ کرٛوٗدھی سپُد تام
ژٲٹن اِدِ نَس تیٚتھے اٲی شرٛوپہِ نکھِ یام
دِوان کرٛکہٕ تےٚ چھکان رتھ شرٛوپہِ نکھ دزاے
ویلاپھ گٲری گٲری کران گےٚ ہاے تےٚ ہاے
تِمِس اٲسی بھأے جورا کھر تہٕ دوٗشُن
تِمن بِش وأژ ووتکھ حال ہن ہن
چھِوٚ تِم آیہِ راکھبس وپر ہیے ہیے
اما یود کرنہِ آٲتی تِپر ہیے ہیے
سبٹھاہ بلوپر راکھبس مأری رامن
تہٕ کھر دوٗشن اپور اَدِ تأری رامن
وبزے سپدِتھ اَما گو پوشہٕ ورشُن
تِمی وِزِ آیہِ سیتا کرنہِ درشُن

پتو یُز راوٕنَن سوزٕے یہِ احوال
سبٹھاہ کھوٚت کرٕودھ تس گو حال بے حال
اوٗنُن پرٕوار سوزٕے سأری منتری
تمن بووُن یہِ ییٚنہِ ہُنٛد حال زأری
کوٚرُن ییٚمِچھ انَن بو ژوٗرِ سیتا
کرن بو رام اِ آوارٕ وارا
أمِس ژون سارِوے چھے رام بھگوان
تمِس ستی یودھ کرُن چھُے کرٕوٗٹھ پژہان
اَما کتھ مانہِ ہے راوُن سیٚتھ کتھ
اہنکارن تمِس أس ب راوٕرہۄ وتھ
اوٗنُن ماریچ رٕٹِتھ بووُن تمِس حال
دوپُن تس ژٕ ے کرٕکھ سبدھ میأنی اکھ چال



# سیتاہَرن

بِتھ مارِیچ سونہٕ ہٕنز رۄٗپی کٔٹ آو
یِتھِمِن سیتا ووٗدِنی اٗس اِڑ تیاٗری دڑاو
سیتھاہ گو آشوٗر ہیٚتیاہ ڈٕیشِتھ
ژووپُن رامس وُچھو سوندر تہٕ پیٚرِتھ
یِہوے گوٗڑھ نا مے اٗسُن پیار کرہٕس
یہٕ رٔچھ ہَن پانہٕ یَو پوٗز لول برٕ ہَس
یِتھے لکھمن اوتن آو شینک گیہ تس
یہٕ چھبہٕ پُز رۄٗپی کٔٹ، کُس تام راکھیس
یِتھے رٹہٕ ہَن اٗمِس، رۄٗپی کٔٹ ژلان گٔے
پتےٚ اِڑ رام لاریوٗس آیَس یہٕ اَتھِ نےٚ
اَما یُوکال تامتھ رام نٔے آو
پتےٚ لکھمن تمِس اِڑ ژھانڈنے دڑاو
کُنی ژٔنی رۄٗز سیتا اتھ کُٹی منز
یِپاٗری کوٗر راوَنَن سیتا ہِنگ سنز

کھٔژِتھ اوس ژٔور رٔزِتھ دٔرِ ژرژان
کوٹیل سادھو بٔنِتھ آو اور لاران
کُٹی اکھ مَردِ رِکھ أندی أندی أتھن أس
تہٕ نیرن وِزِ یہِ دِژہٕژ لکھمَنَن أس
نبر رِکھِ دژایہِ سیتا ہاے کیاہ گوس
تُلِتھ نِیہِ راوَنَن سادھو بٔنِتھ اوس
نکھس کھأرِتھ وُڈِتھ آکاشَس کُن گو
سبتھاہ لُج کرنہِ ویلاپھ کیتھ سےٚ پیو
أچھو نسیتا یہِ کوٚتاہ خوٗن ہورُے
کران أس رام رام، تمہِ پان مورُے
سبتھاہ پربتھ وولنِتھ دژاو راوُن
جٹایو اوس وتہِ بوزان گُنے زون
سبتھاہ سیتایہِ ہُند کرُکہٕ ناد بوزُن
تیتھے ہیوٗر رامہٕ سُند بے کار سوٗزُن
رژھا سَتھ گے أمِس سیتایہِ کوٗر زور
جٹایو کھوٚت یتھے ہیوٗر راوَنن مور

ژلان گو دژاو راوُن اِہ دَکھِن کُن
تہٕ اکھ اکھ وَس یہِ سیتایہِ تژووِ یون کُن
یتُھے ییم وأتی کِشکندھایہِ بتُھی کِنی
نظر تژأو راوَنن، کم تام بنٔ کِنی
ہتھ یونہٕ پرُوتس پیٹھ آسی وانڈر
پیوان یون کُن وُچھِکھ وسترٕ برابر
اَما ہیور کُن نظر کُر یام تِموٕے
وُچھکھ اَبلا ودان، کوسہٕ تام یِموٕے
پتو لاکن یہِ لنکایہِ ووت راوُن
تھوٕن سیتا اشوکَ باغس انڈر بیوٕن
سبٹھاہ سونڈر اشوک واٹِک ونو کیاہ
ژوپأری سوندر چھِ پھلیٕتی پوش یکجا
رنگا رنگ پوش اتہٕ نانا پرٚکأری پھل
سبٹھاہ لتہٕ لوٗبہٕ وُن تےٚ شوٗبہٕ وُن زَل
یہِ سیتا شوک ہتھ، تس من تہٕ ویاگل
اُمس یوٚد ژوٗژوٗ تہٕ دلیہِ سپولیہِ ہلگل

أمِس راتس دوہَس اوس رامہٕ سُنٛد دھیان
أمِس اوس دوٚن أچھن تل رام بھگوان
یپأری ماریچ کرِتھ ودھ آو شری رام
تہٕ لکھمن جی تہٕ ووت کٹیایہِ نِش تام
وُچھکھ کٹیا ژھٔرٕے کتہٕ سنہٕ چھِ سیتا
اَما دوشوے دپان کوٚت گیہٕ یہٕ سیتا
دٔچھنٛز کھووٕری دِوان گٔے نظر یامتھ
کران دھِکار پانَس أسی تامتھ
سیٚٹھاہ گو شوٚک دوشونٕ، دوکھ ونو کیٛاہ
وَنَن منٛز دوکھ تہٕ سنکٹ سوکھ ژٕنو چھا
تیٚتھے اَدٕ وژایہِ دوشوے دوٗر تم گٔے
دپان أسی ہاے سیتایہِ کتہٕ لبٕو پےٚ



# شری رامہٕ سٕنزی وبد اکھتہٕ ژھانڈ وسیتایہٕ ہُنز

یہٕ دزاو شری رام تس سیتایہٕ ژھانڈان
وَنو مزٕری دزاو کُس سیتایہٕ ژھانڈان
دِوان وِنۍ جایہِ جایے مایہٕ ہوٚت رام
کتین کھوٚت بٕری یہٕ کتہٕ نَس تس سپُد شام
پرٕ ژھان گو سارِنے یُس کانٛہہ سمکھ تس
چھُ ہاران آوش چھُ ترٛاوان ووش سبتھاہ بس
اَما میون پرٛان سیتا کوٚت سنا گَے
سو سیتا مان سیتا، کوٚت سَنا گَے
مے کیاہ سپدبو مے ترٛاوِم کُنی تہٕ کیوٚل
ژوُلُس مایایہٕ نیٛوٚنس بو کَدِتھ جل
مے کیاہ اٰسم خبر سیتا گوهسم کوٚت
بیٛونے کُٹیا وو پرِ کُس ولتہٕ ہے توٚت
تمِس اوس راٰچھی لکھمن پانہٕ سنتان
تمِس اٰس مَردِ رِکھ کُٹیایہٕ شوٗبان

مے چھم یی آشور کٔمی کڈ سپُد کیاہ
اَما کتھ پأٹھی نبر کٔمی کڈ سپُد کیاہ
گُلبن تےٚ بیٚنہِ کولن تےٚ آبشارن
پڑژھان گو پانہٕ شری رام سبزارن
پڑژھان گو کوسمن پوشن گُلابن
پڑژھان گو بُلبُلن تےٚ جانہٕ وارن
پڑژھان گو وتہٕ پدبن تےٚ دژمنہٕ کانجن
یپأری ما میأنی ستیا ٹأٹھ وُچھ ژون
پڑژھان گو ہرنہٕ کچھ نٕے ژھالہٕ ماران
پڑژھان گو رؤسی کٹہٕ نٕے شولہٕ ماران
اَما توہہٕ ما سأ وُچھ ژون میأنی ستیا
یپأری نیران ڈیٹھ وون میأنی ستیا
کُرتھ جتہٕ کلہٕ یہٕ شری رام اوس ننہٕ وور
اجودھیایہٕ اوس یَس کیٗت راز سُنٛد دور
وَن مژ سٕے چھٕ وُنی کمن زَن اکھیا گت
پٔنٕز ترٕے ژھاتڈنہٕ وژامُت رام بے سَت

پرٛژھان وتہٕ مانچھ تُلربن تہٕ بۄمبرن
پرژھان، یم آسہٕ گرٕ کیٛت کاٹھ سومبرن
اَما ہے کأُنسہٕ ما وُچھ میأُنۍ سیتا
یہٕ میأُنۍ مژگہٕ نینی اکھ رأُنۍ سیتا
بیٛہان گُنہٕ گنہٕ پلس پیٹھ بَس دِوان ژھتھ
گُنے ژیۄہ از تمِس باسان وُری رتھ
پرٛژھان واوس، ہتو واوو ژٕنے ما پےٚ
ژٕنے ماپےٚ کینٛہہ، منَس چھُکھ ژٕے کران کھے
پرٛژھان پانٕ ژادرن توہہٕ نِش سو ما ییٛٹھ
وَنن پھیران چھیٚن ما ترٛیش ہَن میٹھ
اَما یوٚچھِ ما لُجِس کُنہٕ اَن کوٚرُن نا
اَما کُنہٕ جایہِ شری رام تمہٕ سوٗرُن ما
سو ما أُس ترٛشہ زِ یونہٕ مشراوِ ہے رام
تمِس اوس راتھ دوہ زیوٚ پیٹھ اکوے نام
تمِس یۄد آسہِ ہے ژلنے مبے ترٛأُوِتھ
اجودھیا ترٛاوِہے کوٚ پوش چھأُوِتھ

میے ستی اِدِ کیاٚزِ تُلہِ ہے یُٔت سنکٹ
وَنَن منٛز روزِ ہے چھاوان تلُک پیٹھ
سو سیتا یُس سوندر یُس زاٚوِج
سو سیتا یُس نرمل یُس اٚوِج
وَنس منٛز بیٚتہِ نہٕ بیٚہنس رُس تہٕ ژاٚنٛگج
پیوان چھُم یاد پھیران دُبہِ میے واٚلنٛج
نہٕ کُنہِ تَم راژسی وسٕتر نہٕ کُنہِ سوکھ
وَنَن منٛز دیل چھِ وسٕتر بیٚیہِ دوکھے دوکھ
یہاٚے سیتا میے ستین رات تے دوہ
کھسان اکہِ بالہِ تےَ وولنٛگان دوٚیم کوہ
اَما سوے میاٚنٛز سیتا آسہِ کتہِ ووٚنی
پژکرتھ ما ساٚرٕ تس مُٔشراوِ وتہٕ ووٚنی



# سیتایہ ہُنٛد پےٚ لبُن

چھہِ ژھانڈان بأے دوشوے کُنہِ نہٕ پےٚ کینٛہہ
پکان بڑونہہ کُن دپان یِیہِ نا سےٚ کینٛہہ
أکِس جایے اَما یم وأتی لتہِ اوس
جٹایو پڑان تڑاوان، ونتہٕ کتہِ اوس
گوٚمُت چھو کہٕ لد یِیہِ اوس، پڑاران رامس
اَدے لبہِ پَرمہٕ دھام، ژھاران رامس
پڑژھنس رامن یِیہِ کیاہ چھےٚ حال گوٚمُت
میے وَن پوٚز پوٚز ژبے کیاہ چھےٚ صدمہٕ پیوٚمُت
وُونس پھیرتھ جٹایون ہے کوٚرُم کُمیٚ
کوٚرُم یُوٚدھ راوٕنس ستی پَر ژٕٹُم تمیٚ
تمی نیِیہِ مأج سیتا ژوٗرِ ہُوٗزو
ودان اُس ہاے سیتا ہوشہٕ روٗزِو
ونان یِی اِو جٹایون پڑان تڑاوِن
پتھٕ اندرم یمن چھوکھ پانہٕ بأوِن

پتو کوٗر پانہٕ رامن تس نمسکار
دیتُن تس داہٕتہٕ کوٗرنس رُت سنسکار
لۄتھ پیٚ رام لکھمن وژایہٕ بژوٗنہہ گن
دکھیُن گن ژھانڈنے سیتایہٕ بژوٗنہہ گن
سبٹھاہ سنکٹ تُلکھ تےٚ وۄگن چھاوِکھ
وَنن مژ ءکتیٚ راکھیس عنڈِر ساوِکھ
کمبندھ راکھیُس یمن سمکھیو وتہٕ مژ
وونُکھ تمیٚ یِتھ گرِو توٚہی ژھارنک سژ
گژھو توٚہی بژوٗٹھ پمپاسور نگرجان
تتی سوگریو واندُر راژٕ آسان
تمِس سینا سبٹھاہ بلوان بوٗزِو
کرن تم راوِنَس پھۄنہٕ پھان بوٗزِو
گژھو سوگریو بنٲوِیوٗن یار پَنہٕ نُے
گرِبو سےٚ پورٕ اتھ زوٹ تار دِیہٕ سےٚ
پکان گےٚ بژوٗٹھ گن اکھ آشرم آو
اُتی اکھ بھیلنی، شِبری تمِس ناو

سو أس پڑاران یپأرِ کر رام واتم
تسُنْد درشن اکأے بَس کامنا چھم
یتھے شری رام ڈیوٗنٹھن بس شرن گَے
وُچھن یتھ رام اوتار تس پرن پے
پنٕز ژھیٹۍ بیر کھیاوُن بھاو نایے
پُتن ستکار ہووُن بھاو نایے
سبٹھاہ ہرشس گژھتھ کھیٚیہ بیر رامن
ژھیٹۍ، شرٕ وژ یک وٕرٕشارنےٚ شانت تس من
تتھے اد پڑان شبری ترٕوو بوٗزِو
أزِتھ أگنس سورِگ تمہِ پژو بوٗزِو
ایتن نیٖرتھ پکان گَے رام لکھمن
تہٕ وأتۍ پمپا سری ندِ بأے ست زن



یتھ پأٹھی ووٚت سروانند پریمی سُنْد ووٚنمت
کأشرِ راماینک ارنیہِ کانڈ یانے ونواس وارتا اند۔
(27/جنوری 1990۔ بٹہٕ وار۔ پریم آشرم، صوف شالی)

# ژۄرِم بوگ

# کِشکندھا کانڈ/ کِشکندھایہِ منز

## وثۆٹھ پۆٹھ وِستار:

# ژۄرِم بوگ

# کِشکندھا کانڈ، کِشکندھلیہِ منز

## پمپائسر وورواتُن

یتھے یم وأتی پمپا سورنگر جان
ئتی سوگریو لس ٔ رتین ہنوٗمان
یہِ سوگرِیو مہاتما اوس جان رازا
أمِس أس واندرن ہٕنز بھارِ سینا
أمِس اوس بوے اکھ بالی تمِس ناو
أمِس اوس بأليس وأرتھ کوٹھل بھاو
سبٹھاہ سوگریو تنگ اوس لاٹہِ آمُت
یہِ اوسا بوے لس اوس شٕتھر زامُت
یِوان گم تام وُچھنہٕ ییلہِ دۄرِ رازن
دِپتن وٕنی کم یِوان یم یور آسن

گوڈِنی سۆز پانہٕ سوگریون ہنومان
وچھُکھ یِم کم چھِ آءتی دۆرِ پھیران
اَما یِم بالۍ یَن ما سۆزی وُچھتکھ
یِمن کیاہ سَنہٕ پڑیوزن وارِ پرُژھتک
ہنومانَ گو یِمن نِش تام ووتکھ
کیأژی آءتی، گژھُن کوٚت، ناو پرُژھنکھ
تِتھے بوزُن یِہٕ گو رام پانہٕ اوتار
أمِس سۭتی بوے لکھمن زن لوٚبن تار
پرن پیوکھ دوشوٗنی پرنام کوٚرنکھ
سبتھاہ ستکار کوٚرنکھ لول بوٚرنکھ
نِین سوگریوٕسے نِش راژِ دربار
سبتھاہ آدر یِمن ووت لولہٕ ویوٚہار
یِمن سیتا اَنۍ ژھأرِتھ یِہوے وکھ
ہُمِس وأنی چھُ مأرن یَس یِہوے دوکھ
یِمو کوٚر پانہٕ وِنی اتھ واس بوٚزِو
سہایتس اکھ أکِس، لِچھ ساس بوٚزو

سۓ ووت وأتؚھ یَس اَدِ رام ووتُے

کوٚرُس ووڈ رامہٕ نِپے، بوٚڈ دھام ووتُے

کوٚرُکھ اَتم سنسکار بأتؚھ یَس جان

بنیوو سوگریو کِشکندھ راذِ سنمان

بنوٗکھ ٲتؚ انگُد راذِ کومار

تہٕ تارا چھے کران ستکار، ووِہار

تِتھے پأٹھِس پیأرُ وٕہراتھ آمُت

کولن، نٔدیَن، دشا بُکہٕ بارِ گأمُت

پہتھ أسی رام لکھمن دۄر گوپھِ منٛز

ہوان سپتایہٕ ژھانڈُنک نوٚو کرُن سنٛز

تِتھے وٕہراتھ موکلیہٕ رُت سۓ آو

نۆی سامانہٕ کرنس لوٚگ چلے جاو

ہیوٚتکھ سوگریوسٕے مشورٕ سبٹھاہ جان

تہٕ رازن بڈٕ ونٛٹھ کُن اَدِ اوٚن ہنوٗمان



## سوگریوسوزان ہنوٗ مانس سیتا ژھانڈنہِ

ژوپُس سوگریوٚنے چھُکھ وپر سنتان
یوٚن ست چھُکھ ژٕ چھُکھ پزٕ پاٹھی ہنوٗمان
ژبے چھے شری رامہٕ سُنٛد انوگرہ پزر بوز
ژٕ چھُکھ بلوپر تھوٚد سارین زبر بوز
ژٕ ووتھ کڈ پانہٕ ووٚنی سیتایہٕ ہُنٛد پےٚ
مےٚ چھُم نیشچے ژےٚ سپدی اتھ اندر زے
یُتھے ووٚنی نیر ہے لتہِ وپر سنتان
یِتھے شری رامہٕ سٕنے روٗٹ اۂ ہنوٗمان
پنٕنی واَج رامہٕ سٕنے گرٕنس حوالہٕ
تہٕ ژوٚنَس نیر ژھانڈن برتہِ خیالے
یُتھے وُچھن ژٕ سیتا واَج وِزِ تَس
تمُس یِیہِ پزھ تہٕ یِیہِ لَس وار وَنَس

پتے سوگریوٕ نے سومبرأوی واندر
دیشاین سارِنے سوٗزِنی برابر
چھِ ژھانڈان راتھ دوہ واندر ژوپأری
لوٚبکھ نے کُنہِ تہٕ زِپے نبراش سأری
اَما سمکھیوو یمن وژدھ زامہٕ ونت جان
وچھِن نبرآش سأری بیٚیہِ ہنوٗمان
ژوٚنِن اِدِ کیاہ ہنوٗمانس وُچھان چھکھ
ژٕ نے أشیر واد رامُن کوٕ ژھوکان چھکھ
ژٕ چھکھ بلوپر واتی کُس ژٕ نے وتم
پراکرم چون تیٚوٗتاہ اِدِ کمیٚک غم
چھِ نیٚمو راونَن لنکایہِ سیتا
ژٕ ووٚٹھ دِتھ ساگرس تر وَن چھےٚ کتھ کیاہ
ہملکھ ژٕ بَس گرِتھ یِتھ کار پٔزی پأٹھی
لگی ژٕ نے ساگرس پوٚز تار پٔزی پأٹھی

ژِ ووتھ نیر ووڈِ مہ کر کیٛنہہ ژٕپر جانے
ژٕ نے چھے ستی رام پوٗز بھگوان پانئے
انگد دژاو ستی واندر دژلیہِ سأری
ہنوٗمان دژاو یامتھ آیہ سأری
سہٕ یامتھ ووت اِد ساگرس بٹھِس نِش
نظر ترٛأوِن گیٚس أندری ستھا ہِش



پتھ پأٹھی ووت سرواننٛد پریمی سُندٕ وٕنمت کأشُر رامائنُک
کِشکندھا کانڈ یانے "کِشکندھلیہ" مژ لد



(28رجنوری 1990، گورو دِوس۔ آتھوار۔ پرٛیم آشرم، صوف شالی)



# پأنژِم بوگ

# سُنٛدر کانٛڈ / سونٛدر وارتا

وِثوٗٹھ پوٗٹھ وِستار:

# پاُنژِم بوگ

## سوٗندر کانڈ / سوٗندر وارتا

### ہنوٗمان درٛاو سیتایہٕ ژھانڈنہِ

ہیوٗتُن شری رامہٕ سُند ناوا زبر پاٗٹھی
سہاییس آیہِ زَن تس ساسہٕ ہُدی ٹاٗٹھی
پوٗن سُند ٹوٗٹھ یام لنکایہِ کُن درٛاو
کھۄسِتھ آکاشی سُے گو زَن ژلان واو
نَبس دورا کران گو ساگرس ووت
کَرن نظرا ژھوپاٗری بَس زلےِ یوت
سمنٛدر ژھالہٕ ماران گژھ کران زن
انیک سُندرس اندر تارکھ جران زَن
نہَ کُنہِ تارا نہَ کُنہِ اوس سوٗتھ یوان درٛیٹھی
نہَ کُنہِ اوس تار لبنک وار کُنہِ بڑوٗنٹھی

سبٹھاہ گوس آشژر کرِ کیاہ ہنؤمان
ژوٹُن بَس پانہٕ ہژدیَس رام بھگوان
زیان گو رام أنٛدری پادِ پژنام
زیان گو رام، رامہٕ، رام شری رام
کران گو دھیان منہِ منٛز رامہٕ سُنٛد جان
تھٲوِتھ پژھ دزٛژھ أتھی اندر سپدِ کلیٲن
گنٛثیوس أنٛدری پزٛیک باو رامہٕ ژنٛدرُن
ہژدے سنٛبلِتھ نوٚوُے ووپاے ژھورُن
دِژٛن کرٛکھ زن کوٚرُن آلو بَس گُن
ؤوُن شری رامہٕ میٲنے زَن بَس گُن
ژھُجِن ووٚتھ گو کھٔسِتھ یکبار آکاش
اما أنٛدی پکھی وُچھن بوٚڈ سِری یہٕ پژکاش
ژوپٲرٕ گیہِ دوٗر گٹہٕ، ژٕج زژانٛڈ یکبار
دیُتُس شری رامہٕ نےٚ اتھ ساگرس تار



## لنکایہِ منز ہنوٗمان

وُچھن یامتھ پٔتن پان جان سوٗندر
پرٛسن گو یام ووتٕ لنکایہِ اندر
ہیُوٗتن ٔسیتایہِ ہُند أنٛدی پٔکھی کڑُن پےٚ
نیٚبرِی سیتا أنٛدرِی شرِی رامہٕ ہےٚ لےٚ
دِوان گو وٕنی سبٕٹھاہ نگرس ژوٗواپور
وُچھِن لنکایہِ سوٗنہٕ ہٕنٛز ساس ہتھ پوٗر
وُچھن بازر سوٗندر زن سورگہٕ دارا
وُچھِن ووسہٕ درٛوس ژوٗواپور کارٕ بارا
وُچھِتھ سوٗرے نیٚبرِی اوٗسُبس أنٛدرِی دوٗکھ
دِپان اوس کتہِ لبن سیتا بلٕیم چھوکھ
بےٚ شۆنٛکی پأٹھِن اژان گو رازٕ دارن
مندوریٛن، جایہِ جایےٚ دژاو ژھارن
لوٗبن نےٚ کُنہِ تہِ پےٚ ماتایہِ ہُنٛد کانٛہہ
ہُران گوٚس دوٗکھ دِپان نےٚ چھوکھ بلٕیم زانٛہہ

کڈُن چھُم پےَ مےٚ از سیتایہِ ہُنٛد پوٚر
اَدے گژھِ میوٚن سنکٹ تےَ یہِ دوکھ دور
کُلن کھوٚت باغہِ پتہٕ گو باغ ژھانڈان
ژٕھنٛڈِن کم کم سُمیر گو ناگ ژھانڈان



## اشوک واٹِکایہِ اندر

دِوان ژھوہ جایہِ جایے کوٚت سنا گَو
اشوک واٹِک چِھیٚ وأتِتھ اَما پوٚو
پھرٕکھا ژووُن وہٕارس منٛز سئنِتھ گو
وُچھِن باغس اندر پژتھ طرفہٕ زَن رو
لٔجن پھری پھری وُچھان پوشن ہُندے گاہ
وُچھِن اتھ واٹکایے تیٚز واراہ
ژوپأری پھیرِتھ پتو ووت جان جایے
کُلِس پیٹھ پانہٕ بیوٚٹھ کیاہ لولہٕ ژایے

سبٹھاہ گومُت نبرآش کیاہ ہے ہنوٗمان
منَس منز توتہِ اوُسس رام بھگوان
ژیوٗہا گو أچھ وٹتھ گو دھیانہٕ سے منز
ہیوٗتُن ووڈ ژھانڈُنک بیٚیہِ نوٚو کرُن سنز
اَما یکبار یون تژاٖوِن نظر یام
وُچھِن کوسہٕ تام شوٗکس منز بہتھ تام
أمِس برژوٗنہہ کنہِ ووٚدِنی أس بیا کھ کوستام
کران گُجگاہ دِوان تس پادِ پرنام
یہِ أس سیتا کران سنز گالہِ ہے پران
یہِ ژھانڈان اکھ تیوٗنگل یتھ زالہِ ہے پان
وبداکھ دی دی گُمژ أس تیژ نبرآش
ژوپأری اندھکار اوُسس کُنہِ نہٕ پرٚکاش
نہَ تتہِ شری رام نہَ کُنہِ اوس پانہٕ بھگوان
ژُلتھ أزٕ راوٕنَن کتہِ ووٚڈی یہِ ٹھیکان
أچھو اوٚش ہأری ہأری ساگر کھٔسِتھ آس
دیان شری رامہٕ سے کُن کونہٕ ژُو دژاس

سوران یی راتھ تےَ دوہ أس سیتا
کران یی راتھ تے دوہ أس سیتا
سمےَ کیاہ! یاد سونہٕ ہٕشِز وأج پأوِن
کھٔنِتھ شری رام یتھ اوس یون سوتٕ أوِن
اَما یکبار سیتایہِ آشوٗر گو
تیوٗنگُل زأنِتھ دِژِن تھف زَن لوٚبُن رو
وُچھِن یامتھ یہِ سونہٕ ہٕشِز وأج نأنیان
تیوٗنگُل اَپزُے یہِ کِتھٕ پأٹھی آیہِ کأنیان
وُچھن یام اتھ کھٔنِتھ شری رام سُنٛد ناو
وچھِن أچھی میٹھی گٔری نَس اکھ ستُک بھاو
گٔرِن اتھ جاے ہزٕ دیس لول بوٚرنس
أندری منہٕ کِنٛز وَیَس پرنام کوٚرنس
نظر ہیوٚر گُن گٔرِن استوتھ وَیَس گُن
چِھپٕیس ورٔشٕٹی اَما اتہِ واندرس گُن
سبٹھاہ گوس آشوٗر واندُر وُچھن یام
اَما کتہِ وأج کتہِ واندُر تہٕ شری رام

## ہنوٗ مان سیتا سمواد

رژھا کھوٗژِتھ مُدے اَمہِ واندرس گنٛڈ
ہنوٗ مانن وٕنی ہیٚژ نَس پنٕنی کھٔنڈ
بِہ چھُس اکھ سیوکھا اکھ رامہٕ سُند بوز
بِہ چھُس شری رامہٕ سُند دوٗت ساوِدان روز
بِہ چھُس پےٚ کڈنہِ آمُت یِی پزر مان
بِہ سوٗزُس رامہِ ژٔندرن، ٹوٗٹھ بھگوان
مَہ کھوژ ماتا بِہ چھُس سنتان چوٗنے
ژٕ تھَو من ساوِدھان، شری رام سونے
چھُ شری رام چانہِ باپتھ تیوٗت وِیا کُل
مہ دِم اَگنیا ہِمس شیٚچھ وُنہِ مےٚ چھَم سُل
پتُن ڈکہِ ٹکہِ دیتُن لتِ رامہِ دوتُس
ڈوپُس تمہِ پَڑھ کری رام یام وٕنہس
ہیٚژن سیتایہِ اَگنیا اِدٕ نمبر دژاو
تُسُند چوٗڑا مُنی ہتھ پانہٕ سۓ آو

# لنکا دٔہن

نیٚر نیرِتھ دوپُن وُچھ ہَن یہِ لنکا
یہِ وُچھہَن راوٕنٕز سونہٕ لینٛک تہٕ سینا
یہِ نمہٕ ہا یوٗرِ ستمن حال سوُرے
یہِ وُچھہَن راوٕنٕز لینٛک ساس پوٗرِ ے
یہِ ژاو پھیرِتھ ہیٚوٗتُن باغس کرُن ڈاس
اشوک واٹِک تباہ کٔری کٔری کوٚرُن فاس
یتھٕے شیٚچھ راوٕنس وأژ گو پریشان
یہِ کیٚتھ واندُر اَما کتہِ آو لاران
اونکھ یامتھ رٔٹِتھ سُے راونس نِش
ہیٚوٗکھ مارُن، وٚبیشنَس گیہِ دیا ہِش
یتھٕے پرٛژھہَس ژِ کُس چھُکھ کورِ آمُت
چھُ سوگریو راژِ ییٚتہِ چھُس تورِ آمُت
یہِ چھُس تٕمی دوٗت توہہِ نِش سوٗزمُت یور
یہِ چھُس نا وُچھنہِ آمُت لینکہِ ہٕندی پور

سبٹھاہ بیلہِ واد ویواد رۄد سپدان
ڈوپکھ اِ راونن ماریوٗن ہنوٗمان
تیتھے ہیوٗت بیٚیہِ وِپشنن گیان سارُن
چھُ آمُت دوٗت بنٔتھے لگہِ نہٕ مارُن
پتو لاکن یہِ دوٗلتس لچھِ ڈیتھ نار
سیمٔتھ ساریو گرِس دربارِ منٛزٕ لار
تیتھے دزاو دوٗت اتہِ تےٚ پھیوٗر نگرس
دِوان گو نار اتہِ پدِ پدِ سُہ شہرس
مکانن تے مندورىن، بیٚیہِ گرن نار
ہنوٗمان گو دِوان دارىن برن نار
ژوپاری ژوتھ ہیے تہٕ لنکایہِ سوٗر سپدیو
یہِ کیٛژھا اوس، پرٛتھ شایہِ سوٗر سپدیو
ہنوٗمانس فِکر لٔج واٹِکا گو
سُہ سیتا وُچھنہِ واتتھ تام اوٗت پیٛو
وُچھِن سیتا کُنی ژٕنی وارِکارے
اَمی آو وُچھنہِ تس دوٗت بیٚیہِ دُبارے

ۋوُنّن سیٚتایہِ بێیہِ أسی یور واتو
ژٕ تژاو شۆک رام ہێتھ أسی سأری واتو



## ہنوٗمانہٕ سُند لنکایہِ نیرُن

کوٗرُن پژنام بێیہِ سیٚتایہِ سم مان
تہٕ دژاو ساگر گنُے اڈٕ کیاہ ہنوٗمان
یتھُے ووت ساگرس پیٹھ زن گرزان آو
گرن ژھیٚنۍ لٔٹ تہٕ آکأشی ۆڈان آو
ییأری واندر جماتھا أس تھاران
اَما پیہِ کر ہنوٗمان أسی پراران
ۆچھان أسی سأری واندر، ہرش پژوۆکھ
یتھُے آکأشی یِوان تمۍ پان ہوۆکھ
سیٚۆڈے سوگریو ہێتھ آو رامہٕ سِے نِش
ۆٔے شیٚچھ ہێتھ سہ اڈٕ ژاو رامہٕ سِے نِش

پتو شری رامہٕ سِے اِ حال بوُن
تیتِھ سورُے تِمُس اوحال بوُن
ہنُوٗمان ونہٕ لوٚگ سیتایہٕ ہُنٛد حال
دیُتُن ڈبکہٕ ٹِکہٕ تِمُس سیتایہٕ ہُنٛد مال
یُتھُے رامن یہٕ وُچھ سیتایہٕ ہُنٛد وس
سبٛھاہ شوٗکس اندر گو رام بے بس
پرٛژھنہٕ لوٚگ یٔیہٕ تہٕ یٔیہٕ سیتایہٕ ہُنٛد لتس
سو گاٗمژ آسہٕ نبربل، ونہٕ تہٕ تتہٕ کس
ہنُوٗمانن ۆوُنس تس رام منہٕ مژ
تہٕ یُزِو ووٚنی سو اَنٛج پزٕ کرُن سٔژ
یُتھُے بوٗز واندرو سورُے سماچار
گُنی کرٛکھ گیہٕ ڈوپکھ أسی سأری تیار
گژھو أسی سأری ووٚنی سیتا اَنٛی یُری
دِمو نار، راوٕنٛی لنکا کرو سوٗری

پتو سوگریو ونان گو رامہٕ ژٕندرس
تیأری أسی کرو لنکایہٕ ترنس
نمو سینا کرو یودھ راونس ستی
انون سیتا چھہِ أسی ییٚتہٕ وپر تھی کتی



یتھ پأٹھی ووت سروانند پریمی سُند وٚنمت
کأشرِ رامایٕنک سُندرکانڈ
یانے سونٛدر وارتا
اند



(29/جنوری 1990، گوری ترٛ یے۔ ژٕندروار، پرٛیم آشرم۔ صوف شالی)



# شیٚیم بوگ

# لنکا کانڈ / لنکا وٕزے

## ویٚوٗٹھ پۆٹھ وِستار:

# شیٚیم بوگ

## لنکا کانڈ / لنکا وبڑے

### راوٕنہٕ دژ وکہٕ

پتے سوگریوٕنے سومبرآوِ سأری
کرنہٕ لٛگی سأری دوٚنی گژھنٕچ تیأری
سو سینا واندرن ہٕنز، آیہٕ سأری
کلن ژٕنہٕ رکھٕ کٕرتھ اڈِ دژایہٕ سأری
کوٗرُکھ لنکایہٕ گژھنُک پژن برابر
تہٕ شری رامس پرن پیٚیہٕ سأرِ واندر
گرزان شولا کران بے وایہٕ لاران
تہٕ سینا واندرن ہٕنز گژایہٕ ماران
پکان گئے بڑوٚنہہ پکان، بڑوٚنہہ گٔن برابر
تہٕ وأتی توٗت ییٚتہٕ یمن بُتھِ آو ساگر

أتی پیٹھٕ رأتی راتس ناد لأیان
گرزان، شولان تہٕ راتس شینکھ وایان
ییأرِ پے واندرن ہُنْد راونس لوٗگ
اَما منتری پٔنٕز سومبراونس لوٗگ
أزن سأری تیٚتھُے دربار لوگُن
سبٹھاہ بلویر، سبٹھاہ دَمدار لوگُن
دوٚپُن سارِبن رٹوٕکھ أسی سأری واندر
ییمن ہستی رام لکھمن یوٚد سراسر
بہٕ چھس راوُن دویم زگہِ کاتھہٕ مےٚ ہیٚؤ چھا
کربٕم کیاہ رام تے واندر کرن کیاہ
چھُ کُس سوگریو، چھِ کم کم یار تٔمی ہٕندی
مہہن ہٕندی پأٹھی چھِ دِلدار تٔمی ہٕندی
تیأری ووٚنی گرِو، تیار روٗزِو
کرُن یودھ رامہٕ سےٚ، ہُشیار روٗزِو
مےٚ چھم سینا، مےٚ چھِم بلوپر ہستن
بہٕ چھس اِندرازٕ أندی أندی ویرٕ ہستن

چھےٚ کیاہ کتھ واندرن کرِ ناش پانے
چھُ کُس، رامس اَنس بو گاش پانےٚ
اما دربارِ منٛزٕ تھوٚد ۄوتھ وِبھیشن
وۄنُن بأپس ژٕ پزٕی پأٹھی راژٕ رازن
ژٕنے چھےٚ نا سأ خبر چھے رام اوتار
تِمس ئتھن لڑُن چھُنہٕ جان وِستار
سُہ چھے بھگوان پانے یور آمُت
سُہ دشرتھ راژٕ سے اوتار زامُت
تِمس واندر چھِ ئتی سینا سۄٹھاہ جان
تِمس ئتی یودھ کرُن چھُنہٕ جان گژھِ ہان
یہِ بوٗزِتھ راونس کھوٚت کرٛۄدھ وارا
دوپُس تمٕی چھُم کرُن یودھ چھُم نہٕ چارا
گرٛزُن ہیوٚت راوَن تھوٚد گو ۄتھتھ سُے
ژوپُن بأیِس مےٚ وَنتم رام کُس چھے
چھُ ئیچھ پی تہٕ اَسہِ یودھ واتہِ کرِنےٚ
یمن ووٚنی واندرن اَز آسہِ مرِنےٚ

وِبھیشن بێیہِ کران گوس زارِ پارے
سیتھاہ وبتی کران گوس بێیہِ دُبارے
ژوُن بأیِس کَریوس سیتا حوالےَ
دیاوان رام چھے گژھِ کالہِ کالے
کرکھ یودھ میانہِ بایے سۆر سپدی
ژےٚ کاہ شبتھ پور جایے سۆر سپدی
یہِ لنکا سأنی لنکا گنہِ نہِ روزی
خبر چھا پانہِ شری رام کور سوزی
سیتھاہ کۆر راوَن اپمان بأیِس
نبر نیرِتھ دوپُن گژھِ ہان بأیِس
ژوتر ویدی تہِ شٹھ شاستری یہِ راوُن
اہنکار اوس تس کیاہتام ہاوُن
وِبھیشن ژوتھ تہِ بێیہِ دوہ دژاو صُبحے
سمندر لأنگی تھے تۆر آو صُبحے
گوڈنی سمکھیوٗ سوگریوس وِبھیشن
تمی نیوٗ رامہِ ژندرس نِش سہ ست زن

وِبیشن رامہٕ ژٕندرس اِدٕ شرن گو
سبٹھاہ زاری کرِتھ اِدٕ تس پرن پیو
پٔنژ بو بأے باندھو ترٔاوِتھے آس
اکأے آشا بہٕ چأنی تھأوِتھے آس
شرن آمٕت بہٕ چھُس ناداس چوٗنے
دیاوان چھکھ ژٕ شری رام واس میٚونے
شبد بوٗزِتھ ہرش گو رامہٕ ژٕندرس
رٗوٗتُن اِدٕ نالہٕ متہٕ پوٚز لول بوٚزنس
اوُنُن لکھمن ووٗنُن تس واندرن وَن
چھُ ووٗنی لنکایہٕ ہُنٛد رازا وِبیشن
اٗونکھ زل ساگرُک ابھشیک کوٚرہَس
تہٕ سارِوے واندرو جے کار پوٚرہَس



☆

# رامہٕ ژٔندرُن سُم سوٚتھ

سبٹھاہ تھٔدی شِلپ کأری نٔلی تے نَل
یِمن دون سوٚتھ گنڈُن، پوٗز اوس تِیُتھ بل
ہیۆتُک سٔدرس گنڈُن سوٚتھ واندرو جان
اَنِکھ اَدٕ شیلہٕ تے پروت پلَو سان
تِمن اوس سارِنے شری رام شری رام
نظر گر رامہٕ ژٔندرن اوس اَبھِرام
بُنِتھ گو رامہٕ ژٔندرُن سوٚتھ سبٹھاہ جان
ہرش گو سارِنے پژووکھ تھزر مان
گوڈٕنی توٚر پانہٕ شری رام پانہٕ بھگوان
تہٕ پتہٕ پتہٕ توٚر وِبھیشن ست زنا جان
پتےٚ سوگریو تہٕ سینا سأر لاران
تہٕ واندر ناد لایان، ژھالہٕ ماران
تہٕ یامتھ ویرٕ وأتی لنکایہٕ سأری
بٹھِس پٹھ ساگرس نِش آیہٕ سأری

أتی ٹھیکانہٕ دیُت اِڈ رامہٕ ژٔندرن
أتی پژارے یہِ سینا، سأری ست زن
یتُھے پیٚ واندرن ہُنٛد راونس لۄگ
تیٚتھُے گو گیر اِڈ زن تاونس لۄگ



## راوٕنٕ ژھل

ہیوٚتُن اِڈ گُپ ژرَن ہُنٛد زال واَہرُن
پٔنٛز ہٕنز واندرن کیُت کال واَہرُن
ہیٚتنِز اِڈ شۄر سوٕزنی ویرِ سوٕزنی
تہٕ واندرن مارنس بلویرِ سوٕزنی
سبٹھاہ کۄر ژھل کپٹ أمی راونن کۄت
سپھلتا گُنہٕ نہٕ تس گٔے ساوِدان تیۄت
کرٕنی ژھل، بل تہٕ کأتیاہ ہان سپزٕس
اہنکارن کڈِس ژھٹھ، وان سپزٕس

ڈوپُن کیٚژُن گژھو توٚہی رام مأریُن
تمُس ہتی بوے لکھمن تارِ تأریُن
یُسے اکھ واندرن نِش اوٗت یِوان اوس
سُہ ہأرتھ پأنی پانٕۓ ویٚہہ کھیوان اوس
سبٹھاہ گو راونس دوٚکھ کیٚاہ کرو ووٚنی
کیٚأری ہٕنی رامہٕ ہٕنٛز سینا ہَرو ووٚنی
یِپأری یُوٚز یام سیتایہِ رامہٕ سُنٛد پےٚ
سبٹھاہ شوٗکس اندر گٔیے سپدِ کر زَے
أمِس راوُن ونان اوس اور تے یور
کران اوس ژھل کپٹ کارس اَپُز یور
اَما گٔیے ترٕ بے ویٚبِشنہٕ ہٕنٛز أمِس نِش
دیُتُن سیتایہِ دأر گٔرنس ستھا ہِش
ڈویِم دوہ ووت، انگدٕ سۆز رامن
ڈوپُن لُس راونس وَن شودھ کرُن من
دِپُس سیتا انُن یُوٚری وارِ کارٕے
اَنہٕ ہَن نٕۓ سۆر گژھِ لنکایہِ، یارے

انگدٕ گو آو پھیرِتھ حال بوٗن
تہٕ رامس بڑوٚنٹھ کنہِ اوحال ترٛووٗن
تہٕ بێیہِ دوہ واندرو یلغار کیاہ کوٚر
تہٕ لنکایہِ جلیہِ جایے وار کیاہ کوٚر
سبٹھاہ لوٚگ کرٛزٕر یُدھ اِدٕ فان سپدیوکھ
تہٕ لنکا وأسیٖن کیاہ ہان سپدیوکھ
سبٹھاہ لۄکھ مارِ گٔے لنکا وُجارے
کران گٔے زور واندر بار بارے
کولن، جوین اندر گو رکت جأری
تہٕ ہاہاکار کرٛکہٕ ناد بس ژوپأری
سبٹھاہ بے وایہِ راکھیس مارِ کیاہ گٔے
اکھ اَکھ سُنٛد رۄد کتہِ اَخر یمن پےٚ
اما راکھبس ترٛیو کرٛکہٕ ناد کیاہ کوٚر
کھژان گٔےمس تہٕ اَشہِ ہتی ساگرتموبۄر
کران کینٛہہ راونس أسی زارِ پارے
دپان اَسس کرکھ نا سون چارے

ژٕ بوز سون رامہٕ ژٕنٛدرس دِن ژٕ سپتا
تہٕ یورے وارِ پأٹھِن ٕنن ژٕ سپتا
کُھما کرِ پاف چونٛے پانہٕ شری رام
چھُ شری رام پانہٕ بھگوان سُے پرم دھام
تِمِس ٕستی یۄدھ کرُن بس ہان أژر
تہٕ یتھ لنکایہِ سأری ہے فان أژر
سُہ راوٕن وُٹھنہٕ آمُت اوس پأپی
تِمِس یودھ رأوہٕ ژٕ أس اوس شأپی
مرُن تس رامہٕ ہٕنٛدِ اتھِ اوس لیکھِتھ
گژھُن لنکایہِ ناش تی گوس لیکھِتھ
تِمِس سأری پوتھر مۄدی اتھ یۄدھس منٛز
تِمِس ویرِ زندٕ کتہِ رۄدی اتھ یۄدھس منٛز
تِمِس بوے راونس اکھ کوشِشہٕ کرُن اوس
شوٗنگان یُس شیٚن رتن اِدِ سُے مرُن اوس
سُہ یامتھ واندرن ٕستی کرتہِ یۄدھ دژاو
سبھاہ بلوپر زأنتھ بزۆنہہ پکان آو

اَکوے تیر لوے رامن کونبہٕ کرُن مؤد
ژھیۆنُس کلہٕ رتھ وسان دھرتی پیٹھن رؤد
پتےَ آو میکناد زن پانہٕ راوُن
ہیۆتُن وپرن پٹُن بل، زورٕ ہاوُن
اَما اکھ تیر لوئن پیو یہٕ لکھمن
اُمس گئے مورژھا، پیو پتھرِ ست زن



## رامہٕ سندی ویلا پھتہٕ ہنؤمان سنز سنزیون بوٗٹی انُن

یُتھے لکھمن پتھر پیو رام نِشہٕ آو
اتین گو ژس ہنؤمان اُتھی اندر ژاو
وُچھن ییلہِ پانہٕ لکھمن مورژھا تس
اُمس گو شۆکھ وارا زن ڈۆلُس حبس
کوٚرُن پھرا وہشارا کیاہ کرُن جان
مے پزِ نیرُن کرُن کینٛہہ سورِ سامان

ہنوٗمانَن تُلِتھ اوٗن وأد پانَے
وُونُکھ تَمۍ گرٛشہِ سنزیون بوٗٹۍ جانے
تِیتھُے دژاو اِڈِ ہنوٗمان درون پربت
انِن بو بوٗٹۍ پانے اِڈِ گرٛشھم ست
پرٛن پیوٚ رامہِ ژٔندرس اِڈِ ہنوٗمان
ہیٚژن أگنیا مَنَس منٛز رام بھگوان
ہِہتھ گو پانہٕ شرِی رام لُکھمنَس ستۍ
وُچھن یامتھ أمِس گو وَشِل بران کتۍ
اَما ووٚنۍ ارِدِ راتھ گٔے کونہٕ وُنہٕ آو
پون سُت ٹوٗٹھ میوٗنٕے ییٚتہِ سُلی دژاو
تُلن لُکھمنن یِہ کوچھِ منٛز پانہٕ للہٕ ون
زٕ وُٹن کھونہٕ منٛز پَنُن ٹوٗٹھ لولہِ سلہٕ وُن
یِہ دوکھ چون میانہِ بایو رٕکتھ ذرٕے بو
سبھٹھاہ رُت چون سوبھاو کیٛاہ پرٕے بو
پِتا ماتا ژٕے ترٛأوِتھ میانہِ باپتھ
وَنَن ہٕندی دوکھ ژٕے بوٗگتھ سانہِ باپتھ

اَما کوّت گو سُہ انوراگ مِیانہِ بایو
ووتھکھ نا تھوّد ژِ وِوٕنی ہے لکھمنو ہو
میے یوّد آسہم خبر لکھمنہِ ژلکھ ہاے
وَنن منز ٹاٹھِ لن زون تڑاوہم واے
بےِ اَگنیا کتہِ پتا سٕنز مانہِ ہا زانہہ
مےٚ یوّدوَے پران تامتھ ساوِ ہے کانہہ
بےِ پروار گرِ تےِ بیٚنہِ دار بیٚنہِ بنان چھے
تےِ بأیس رُس چھُ یُس اِدِ کیاہ کری سُے
بےِ زأنتھ میانہِ ٹاٹھو تھوّد ووتھکھ نا
اَما زگتس اندر بوے زانہہ بنن چھا
چھُ تتھِ پأٹھی پکھِ ژأنتھ کانہہ جانوارا
تتھے پأٹھی چھُس بےِ وُنی کُنن اکھ آوارا
ایودھیا ونتہِ کتھِ پأٹھی گژھِ بےِ لالو
ژٕنے رُس لکھمنہِ مےٚ وَنتم کیاہ مےٚ حالو
میےٚ ما وَنتم اما سیتایہِ باپتھ
پُنن بوے ٹوٹھ لکھمن تڑوو اَمی پتھ

مےٚ چھُم اَپوٚاد چونٗے ٹاٹھِ لالو
ژٕنےٚ چھے نا لول میٚونٗے ٹاٹھِ لالو
ژٕ پنٕہٕ نے ماجہِ ہے سنتان گُن چھُکھ
ژٕ تمی سُند پران آدھار مان گُن چھُکھ
اَتھس رٕٹتھے مے کوٚرنکھ تمہِ حوالے
ونس کیٚاہ ونتہٕ پھیٚرتھ میانہِ لالے
ووٚتُر کیٚاہ تس بہٕ دِمہٕ وَن میانہِ لالو
ووٚتھکھ نا تھوٚد ژٕلِم شوٚک میانہِ لالو
سبٹھاہ شوٚکس اندر گو پانہٕ بھگوان
چھُ گالان شوٚک لوٚکُن پانہٕ ناران
اَما گو پانہٕ کرۄنا کر رٕہتھ زن
اتین سأری سمیمتیٚ شوٚک سارٕن
أچھن دار رامہٕ ژٕندرس اوٚش ہران گو
سبٹھاہ دوکھہِ لدِ تہٕ زأری سٕے کران گو
وُچھِتھ واندر کیٚنٛہہ حأران کیٚاہ گئے
ویلاپھ شری رامہٕ سٕندی بوٗزِتھ پتھَر پےٚ

وُچھان سأری نبس کُن خۄن ہاران
اَما ییہِ نا ہنۄمان ژھالہِ ماران
سنزِیون بۄڈٕ انہِ ہے ہرش بنہِ ہے
ییہِ لکھمن مۄرژھا یُس شبد ونہِ ہے
چھُ ترٛاوان وش وُچھان آکاش شری رام
دِیان کرِ کِیاہ ہنۄمان کونہِ وُنہِ آم
اَما وأتِتھ ہنۄمان بس تیٚتھے پیو
دوکھس شۄکس اندر اِدٕ پۄز ہرش گو
تیٚتھے وأژ بۄڈٕ تامتھ رٔٹ سو وأدن
تیٚتھے وأدن سو پانے کھیوو لکھمن
اما تت کال لکھمن آو ہوشس
ہُر برٕ سینایہِ گو یکبار جوشس
تیٚتھے لکھمن دُبارے تھۄد وۄتھ گو
تیٚتھے شری رامہٕ سیٚے پادن پرن پیو



## دُبارِ یودھ تہٕ لنکا وزے

ہنۆمتُن بیٚیہِ یودھ کرُن تےَ بان چورُن
ٹُلُن اکھ تیٖر تےَ میکناد موٗرُن
یہٕ بوٗزِتھ راونس ڈٲلی ہوش سأری
دِوان بارو چھِ سأری ہے ژھۄپأری
ژوٗنُن وۄنی پانہٕ گژھِ بو رام مارن
کرس سینا یہٕ ناش آکاش کھارن
سبٹھاہ لوٗگ گھوٗرِ یودھ اخر یمن دون
چھُ اکہِ پأرٕ رام تےَ بیٚیہِ پأرٕ راون
سمےَ ووت اخرس یودھ زیوٗن رامن
تہٕ کتھِ پأٹھی دیہِ ہندے اتھِ مۄدِ راوُن
ہُپأرٕ مندودری گرٕ لاپھ ویلاپھ
اما اوسُم مےٚ کیاہ سنہٕ زنمکے شاپھ
چھُ پزٕ پأٹھی رام شری رام پانہٕ بھگوان
چھُ أسی سِے اتھِ یہٕ سورُے مان اومان

یودھی ناشس گیم اِ سأمی یَس ہاے
أنن سیتا تُلِتھ رأوِس یودھی واے
وِیبِشن آو وُچھنے بأے سُنْد شو
تِمُس آوش اِ تِتھےَ جأری أچھو گو
دِلاسا اِ دیتُکھ شری رامہِ نِے کیاہ
وۄتھرُنک آوش تہٕ ژوٚنکھ گیان وارا
گُرِکھ انتِم کرِیا تس راونس جان
تِمُس اوس مؤکھی کرنس پانہٕ بھگوان
پتو کوٚر راژِ ابھیشک رامہٕ نِے جان
سپُد لۄکن سبٹھاہ اِ شوبھ تہٕ کلیان
تھوٚوُکھ کیاہ راژِ گدِ پتھ اِ وِیبِشن
دھرم وان تے کرم وان راز ست زن
وبزے لنکایہِ منز سپدییہٕ رامس
ژوپأری جے کار گو صُبحس تہٕ شامس
ہیوٚتُن لنکایہِ جے جے کار سپدُن
ژوپأری شری رامہٕ سُنْد ستکار سَپدُن

# سیتایہٕ ہنٛزٕ أگنی پریکھیا

پَتو اوٚن ناد دِتھ رامن ہنوٗمان
ژوپُن رازس دیوٗس توٚہی أگنیا جان
أنیٚوٚن سیتا مےٚ نِش شرٛنگار گٔری تھےٚ
وٕنیٚوٚس شوبھ سوٗچنا میأنۍ لول بٔری تھےٚ
أنِکھ سیتا یتھُے شری رامہٕ ہیٚے نِش
وُچھِتھ یٔژ کألۍ دوشوٕنۍ گٔیہِ ستھا ہٕش
کوٚرُن درشُن یتھُے امہِ شامہٕ سوٗندرس
پرن پیٚیہِ پانہٕ سیتا رامہٕ ژٔندرس
اَما رامن یتھُے نظرا أمِس کٔر
وُچھن سیتا ہریمٕژ بلٕ گٔمٕژ تھٔر
ہنوٗمان بیٚیہِ وبیشن ءتی أسِس
تِمن رُس بیٚیہِ تہٕ ست زن ءکتی أسِس
سبٹھاہ سیتایہٕ اتہِ ستکار کوٚرہَس
تہٕ واندر ییم تہِ لتہِ أسی لول بوٚرہَس

اما رامن سویکار کر نہٕ سیتا
پٔنٕنۍ اۍ ٹاٹھ سیتا وٕر نہٕ سیتا
ژوٗنن سیتایہِ روزکھ ژٕرے مےٚ نِش دوٗر
سبٹھاہ کال راوٕنَس نِش تس منس ژوٗر
مےٚ ونتم لوٗکھ کِتھٕ پأٹھۍ روٗز سیتا
اشوک باغس کُنی زٔنۍ اُس نا کیٚاہ
اَمۍ کَنۍ کِتھٕ کرتھ بو وَن سویکار
خبر کیٚاہ چھم ژٕےٚ کیٚتھ تتہِ روٗد ویوٕہار
پریکھیا چانۍ کُنہِ رنگہٕ یوٚد نہٕ آسہٕ
ژٕ چھکھ نیٚشپاپ، ونتم کِتھٕ مےٚ باسہٕ
پُنن پان چھےٚ ژٕےٚ زالُن نارٕ سےٚ منٛز
ژٕ کر ودتھ میانۍ ستےٚ ووٗنۍ امیٚک سنٛز
اما سیتا یہِ بوٗزِتھ شرٕ کِتھےٚ گٔے
تمِس امیہِ زاوۍ جارُک اوس نۓ پےٚ
پتۍ ونٛزت اُس سیتا مان سیتا
سو اُس پٔزۍ پأٹھۍ نیٚشپاپ جان سیتا.

تتھے اِدِ نار ژٔندنٕک زالہٕ نٕے آو

أتھی اندر ژٲلِہٕ سیتا نار توٚن وژاو

گٔنڈِتھ گلی رامہٕ سٕے سیتا شرن گٔے

سوران منہٕ بٔنٕز سو شری رام تس پرن پیٚیہٕ

گرا گیہٕ نار ژھیٚتہٕ گو پوشوے ءتی

تہٕ سیتایہٕ سورگہٕ وستر ولنہٕ آے ءتی

سو دیوی نارٕ منٛزٕ گلزار سپدیوس

وَیَس نِش تس ستٕک وِہٕار سپدیوس

پتی وزت وژلیہٕ سیتا نارٕ منٛزٕ سون

سو أس نِشپاپ دیوی تس گونٕے گون

تہٕ ڈیٖشتھ آیہٕ آکاشٕی ہرشہٕ ورشا

ژوپأرٕ کٔر دیوتاہو پوشہٕ ورشا

پویتر أس سیتا، وژلیہٕ سیتا

سو ألاگتھ سورگہٕ وستر آیہٕ سیتا

وُچھتھ اِدِ بٔزوٚنٹھ پوٚک شری رام پانٕے

رٔٹن ترٕبے نالہٕ متہٕ کیاہ لولہٕ سانٕے

ژوپأری کوٚر سارِوے بے کار بے کار
ہرش وولاس بتھِن پیٹھ آو یکبار
یہِ سیتا رام، رامس ءتی سیتا
پرن پیأ کھ، بے کران گے ءتی سیتا



## ونواس موکلیٚو

تتہِ أتھی ءتی رامہٕ سُنْد ونواس موکلیٚو
وبزے لنکایہِ ہُنْد پیٚتہِ ہاس موکلیٚو
پیأری رامن ویبھِشن ناد دِتھ اوٚن
ایوٚدھیا نیرنک أمی پانہٕ تس ژون
نِگاہ واتُن ایوٚدھیا آسہِ لاران
بھرت اسہِ سارِنی تتہِ آسہِ پژاران
نگر وأسی کران وِلہٕ زار آسن
گربن، ژیوٚہِن کران شوٚمار آسن

وِبِھیشنَن دیُت اُمِس پُشپک وِبمانا
کوٗرُن سارِبن سبٲھاہ ستکار مانا
تیتھے کھوٗت رامہٕ سیتا ہیتھ وِبمانس
تٔلن اِدٕ بوٚے لکھمن ستی پانس
سبٲھاہ واندر تہٕ کھٔتی پُشپک وِبمانس
سبٲھاہ سوٗندر وِبمان کھوٗت آسمانس
ایوٗدھیایہٕ گُن سُہ یامتھ دژاو وِبمان
اتھ اندر اکھ پرٛزا ہیتھ اوس بھگوان
ژوپٲرۍ جے کار بارم بار سپدیوٗو
ژوپٲرۍ آکاشہٕ، جے جے کار سپدیوٗ
یہٕ میوٗن جے کار بارمبار رامس
چھُہ آنند سرٕوٕ آنند تار رامس



یتھ پٲٹھۍ ووت سروانند پریمی سُنْد وٕمٕت کأشرِ
رامایَنُک لنکا کانڈ یانے لنکا وبر ے اند

(29/جنوری 1990ء، گوری ترٛیے۔ ژٕنْدروار۔ پریم آشرم، صوف شالی)

# سُتم بوگ

# اُتر کانڈ/ایوٚدھیا پھیرِتھ واتُن

ویوٚتھ پوٚتھ وِستار:

# سُتم بوگ

## اُتر کانڈ/ایوٚدھیا پھیرِ تھ واتُن

### بھرت جی یُن پزارٕوُن روزُن

سمےٚ ووت رامہٕ ژٕندرن واکھ ژون جان
ایوٚدھیا واتہٕ تٕک ووت وکھ ہنوٗمان
ہنوٗمانس ڈوپُن دار منشہٕ رٕپھ نیر
بھرت چھُے پزارٕوُن نِس شِنٛچھ مَہ کر ژٕپر
اکوے دوہ ووٗنی چھُ اسہِ پزاٗرن پزٕیا زانٛہہ
ایوٚدھیایہِ اسہِ چھُ واتُن پھیرِ اتھ چھا
ییٚاٗری پزاران بھرت اوس ژٕوسہ گٕنٛزران
دیان اوس کر وُچھن بو رام بھگوان

نگر وأسی وُچھان أسی آرِ کتی أسی
دپان أسی راتھ گژھِ نا مارِمتی أسی
سبٹھاہ سوندر نگر وأسی کران زپھ
وُچھون شری رام پھل سأنی گژھن تف
نژان سأری پرژھان کر واتہِ شری رام
گرن منتر کانہہ تہِ نئے رؤدأس زن لام
پیأری بھرتس دوچھنی أچھی پھورنے بُج
دپان أندری سئے ووت راتھ ووِنی گج
اما شری رام وَنتم کونہِ آمے
کران ووتم أزتیک تام رامہِ رامے
چھسا بو یؤت پأپی ہے کوٗرُم کیاہ
یہِ رؤدُس دوٗر رامس ہے پھورُم کیاہ
یہِ کؤتاہ کرمہِ ہین اوسُس مےٗ کیاہ گو
یہِ رامس لین اوسُس ہے مےٗ کیاہ گو
یہِ کؤتاہ بھاگوان اوس میون لکھمن
گرِن تھف رامہِ سیے ژرناربندن

ادھم اوٚسس بہٕ کوٗتاہ ترٛوونس بو
یمن وٲری ین کنٛن گن چھوونس بو
بہٕ دوہ یوٚ دوَے گرٛھم نیرِتھ کرے کیٛاہ
تیٚم نےٚ رام اِ ووٚنی بو سرے کیٛاہ
مےٚ یوٚد روزن پٔنٛز یم پران ٔستی
وُچھن نےٚ اِ کرن دِھکار ٔکتی
تتھے پیٚوو پانہٕ واٲتھ کیٛاہ ہنوٗمان
سُہ برٛٲہمن رِپھ دٲرِتھ پانہٕ بھگوان
وُچھن یامتھ بھرت ہوٚکھمُت شُٹھیوٗمُت
بہتھ سےٚ دربہٕ گاسس پٮ۪ٹھ رِشیوٗمُت
وسان اوٚش دارِ اوٚسس شران سپدان
سبٹھاہ سوکھ کیٛاہ لوٚبُن اِ من پرٛن گوس
ہنوٗمانن ۄونُس شری رام آوٗے
تمٔس ٔستی مٲج سیتا چھے، یِوان چھے
چھُ لکھمن ٔستی لس آمُت پرٛن روز
یہاۓ شیچھ ہیتھ بہٕ آمُت یِی پرٛز بوز

یہِ بۄزِتھ دوکھ تِمس ژٕول یِیہِ پھۄلُس من
اَما أکی ترٛیشہِ ہُتی امرٕتھ لۄبُن زن
ہنوٗمانس ۄوُنن چھُکھ گُس مےٚ وَن پۄر
ژٕ کتہِ پیٛٹھ آکھ پۄز وَن شکھ گرٛشھم دوٗر
پۄن سُت چھُس تہٕ چھُس نا بےٚ ہنوٗمان
بہٕ چھُس سیوک مےٚ چھُم شری رام بھگوان
یہِ بۄزِتھ ۄوتھ بھرت تھۄد ماے برٛنس
روٗٹن کیٛاہ نالہٕ متہٕ تھٕز جاے گرٛنس
وُچھن اِد پانہٕ زن شری رام بھگوان
کۄرُن درشُن وُچھن یامتھ ہنوٗمان
پرٛژھان رۄدُس اکاٗے کتھ بار بارے
مےٚ وَن سیتا تہٕ رام چھا وارٕ کارے
شرن رامس پرن پیو اِد ہنوٗمان
گرٛن گون کیرتن شری رامہٕ سٟز جان
بھرت لۄگ پرٛژھنہِ تس اِد بَس اکاٗے کتھ
بہٕ مأشروۄنس رامن مےٚ وَن ستھ

سبٹھاہ چھُکھ ٹوٹھ رامس پوٚز ژِ یِی مان
منَس منز چھُکھ ژ رامس پران ژے پران
وٚنتھ یِی دژاو اِ پھیرِتھ ہنوٗمان
ژوواپأری گیہِ پرٛتھ گرس کرکھ آو بھگوان
گرٛہِتھ ہرشس بھرت بوٗزِتھ سماچار
نگر کُن دژاو پانے کرنہِ جے کار
اَما تیلیٚیہِ کتھ از ولتہِ شری رام
نگر وأسی لوٚکٹ بڈ دژایہِ لُج لام
ہیٚرِن مندرن اندر گھنٹا وزِنی جان
ژوپأری گیہِ پرٛتھ گرس کرکھ آو بھگوان
پرٛژھنہِ لٔگی اکھ اٚکس سأری پہاٚے کتھ
ژےٚ ما وُچھتن اما بھگوان وَن ستھ
اودھ پوٗری سبٹھاہ اِ شوٗبہِ رأوِکھ
سبٹھاہ سوندر گرِتھ شرٛنگار تھأوِکھ
ژوواپأری بندن وارَو سجأوِکھ
وتن کوچن سوگندھ پرٛتھ شایہِ ترأوِکھ

# شری رام ووت ایودھیایہ

ترٛیُو ہیتھ سارٕوے ونہٕ وٕنی سونٛدرگان
گرن دارن اندر اوس پوٚر کلیان
دٕوان گےٚ نظرٕ پیہِ کر پانہٕ شری رام
وُچھون کر پانہٕ نیترو ووٚنی سُہ شری رام
وُچھان سأری اَما آکاشہٕ ہے کُن
گوٚمِتھ ہرشس وسان اوٚش دارٕ یون کُن
یِوان تامتھ وُچھکھ نبہٕ پُشپٹھ وِمانا
سبٹھاہ ہرشس اندر گےٚ رُت سمانا
اما یامت وِمان ژوتھ وارٕ وارٕے
نبر نگرس نٕشِے دھرتی قرارے
ژٔسِتھ اِد بھرتہٕ ہے ئتی آیہِ سأری
گرن شری رامہٕ درشن، دژایہِ سأری
وُچھکھ یامتھ نبرَ دژامُت یِہِ شری رام
دھنٕش دأری ووٚدٕنہِ لوٚکو وُچھے تام

وشِشٹ مہاراج گوڈٕنۍ آو رامہٕ ہےٚ گن
پرن پیو رام گورٕہے شانت سائچن
پرٛژھان گو شیٚچھ خبر سارٕن زبر جان
مُنِن ییٚہِ برٛھمن بیٛون بیٛون سُہ بھگوان
ہیتے یامتھ بھرت پادن پرن پیوٚن
وُچھِتھ شری رام اِدٕ زن سُے مہُتھ گوٚس
رٕٹنۍ شری رامہٕ ہٕندی رژنار بہٛد جان
أچھو أش دار لٔج تس میانہٕ بھگوان
پتو تُل پانہٕ شری رامن بھرت تھوٚد
تہٕ دٕشوٕنۍ اوٚش أچھو ؤوتھ سارٕوے ؤود
یِتھے لُکھمن تہٕ شتروگن تہٕ برٛؤنہہ آو
گٔرِتھ درشُن تِمن زن زُو نوٚوُے ژاو
پرن پادن پیوان گٔے وارٕ وارٕے
بھرت سیتایہٕ پادن پیوو دُبارے
وُچھان سأری ژوولپأرۍ رام شری رام
پیوان پادن کران ہے کار ہبتھ نام

یتھٕے ماجو تہٕ یُوز تمہٕ آیہٕ لاران
تہٕ کوشلیایہٕ ہتی ساریے آیہٕ دوران
چھِ آسان ژھینہٕ گاٹتی ؤژھی کامدھینن
تِتھے زن ژھینہٕ گوٚمُت اوس رام ماجین
وُچھِتھ ؤژھی کامدھین لاران یِوان تام
تِتھے لاران یمہٕ آیہٕ یُتھ وُچھکھ رام
وُچھِتھ رامس اما ہرشس سبٹھاہ گے
روٚٹکھ رام نالہٕ متہٕ سارو لُبکھ زَے
وَنَو کوٚتاہ پرِن گیہٕ کوٚت سأری
وُچھان پھِری پھِری ژلان چھکھ بےقرأری
کوشلیا بیٚیہٕ سُمترا بۄژنتھ گن آے
تِمن اوس بوس پھوٹمُت اِدِ پھٕٹِتھ دژاے
سبٹھاہ شرمندِگی کیکی اَما اَس
یِنس بۄژنہِ گن تِمِس لزا ہناہ اَس
یِتھے ماجن سمکھ سنتان لکھمن
تِتھے پادن یمن پیو پانہٕ ست زن

تہٕ کیکی نِشہِ سُہ پانے آو لاران
رٲژن تَس پاد زَن اوس ماجہِ گاران
گٕرکھ ماجو سبٹھاہ اٰہی سراسر
تہٕ ماجو یوٗرٕ روٗٹ آدر برابر
ییپأری سِتیا ہشِین اکہِ اکہِ پرن پیہ
تِمن نِش پانہٕ اٰہی، پٔژ رٹن گے
کٔڈِتھ آلتھ یِمن اِدٕ پوٗرٕ درشُن
کوٗرکھ اِدٕ ترٛینوِی لتہِ پوشہٕ ورشُن
ایودھیا زَن یِہاٰے سورگا پوری بوز
ژوپأری نانا پٔژکأری گاین ۂری بوز
کران گٔے سأری درشُن رامہٕ سُنٛد جان
نگر وأسی وُچھان گٔے رام بھگوان
چھو یامتھ پئن گرٕ آو شری رام
گوڈٕنی کیکی نِشے اِدٕ ژاو شری رام

وُچھِن کیکی لزا اَس تس ہنا زن

اَمی گو تس نِشے گوڑٕ پانٕہ بھگون

پتو اِدٕ ژاو نج بھونس اندر رام

بٔنیِو اِدٕ ساری سے اتہِ پوٚرٕ سوکھدام

یُتھُے پتہٕ پانٕہ شری رام ژاو منٛدرن

وششٹ مہاراج تٔمِس ئستی آیہِ برھمن

سبٔھاہ گٔیہِ سأری ہرشس تیز پڑٛووُکھ

نوٚوُے اکھ پانٕہ سنگھاسن سجووُکھ

پتو سنگھاسنس پیٹھ بیٹھ شری رام

ژوپأری گو زورٕ جے جے کار اِبھرام

وششٹ جی ین ژونگھ برٛاہمن چھِ سأری

گٔرِو ووٚنی رازٕ اَبھِشیکچ تیأری



# شری رامہٕ سُنٛد راز تیلکھ

اودھ پوری سبٹھاہ سوٗندر بنأوِکھ
رنٛگا رنٛگی بندن دارو سجأوِکھ
ژوپأری اوس زن سورُگ رُت اوس درشُن
کرنہٕ لٔگی دیوتا نبہٕ پوشہٕ ورشُن
رٔتن دیپ ہتھ اتھن کٔنتھ أسی سأری
ژوپأری اِۆ پوشہٕ ورشُن گو یہٕ جأری
أنِکھ سیوک کران گٔے شران سأری
ہیوٚتُن ووتسو گرٛھُن آرمبھ، تیأری
بھرتَ کرنوو رامَن پانہٕ اَوِ شران
جٕٹا اَوِ شیرٕنس سوٗندر سبٹھاہ جان
تہٕ سأری بأے اکہٕ اکہٕ بڑوشہٕ کٔن آے
ژھٕلتھ ناناپرٛکأری وستر چھٕلِتھ وژاے
ہشو سیتا تِتھٕے اِۆ پانہٕ پأرأو

رنٛگا رنٛگ وسترٕو ءتہٕ پانٕہٕ وسترأو
اُمس نانا پٕژکأرِ بھوٗشن ژھنِک نألی
ژوپأرِ بے کار گو آکاش پاتألی
تہٕ شری رام آو پرتھ انٛگ تہٕ وستر
تہٕ لأگِن دِویہٕ بھوشن دِویہٕ اثر
وٗستھ آکاشہٕ سأری دیوتا آے
کران گٔے پوٗشہٕ ورشن پوٗرٕ پٔژ ماے
سنٛگھاسن دِویہٕ سوٗندر شوٗبہِ سانے
تہٕ اتھ پیٹھ بیٛوٗٹھ بھگوان رام پانے
کھووٕرِ سیتا ڈٔچھنہِ کِنہِ بأے سأری
ہنوٗمان بۄوٗنٹھ کنہِ پتہٕ دیو سأری
ہیٛوٗتُن اِدٕ ویدٕ منتھرٕو گرٛزز ووٗتھُن تام
پرنہٕ لٔگی سأری اِدٕ شری رام شری رام
ہیٛوٗتُن آکاش گرٛزُن بے کارٕوے ءتہٕ
کران اُڈی پوٗشہٕ ورشن آرتی ءکتہٕ

تیلک آو راژِسی ہُنْد کرنہٕ رامس
وُچھِتھ دِرِژش وأتی زن سأری پرمہٕ دھامس
بھرت، لکھمن تہٕ شتروگن أتی سأری
أتھن کیتھ چھیِتر ژامر پوشہٕ گنٛدی بأری
مکُٹ جُری جُری انگد تے بیٚہٕ ہنوٗمان
کپی سأری اَتین سوگریو تہٕ بھگوان
ژھوٚٹِس منٛز بوز اتہِ اوس ہرشہٕ وولاس
یِوان پژِتھ طرفہٕ اتہِ اوس سورگہٕ نُے بھاس
ژوپأری جے کارٕ گرٛز پژِتھ طرفہٕ جے جے
یَیِنژ گندھر کران گاین اکأے لے
نژان آکاشہٕ وٕژھِ یون اپسرایے
تہٕ جے جے کار کرٕونہٕ جایہِ جایے
یہِ شری رام سون شری رام پانہٕ اوتار
چھُ زنگتس پانہٕ آمُت کرنہِ وودھار

شرن یُس بھکتہٕ زَن گو رامہٕ ہے زاتھہ
تمِس سبدھ کامنا چھے دوکھ نہٕ تس نہٕ کاتھہ
پھوے شری رام ٹوٹھِن پریمیس وونی
سہایک رام روٗزِن پریمیس وونی





یتھ پاٹھی ووت سروانند پریمی سُندٕ وِمت کاشرِ
رامایَنک اُتر کانڈ یانے شری رامہٕ سُندٕ ونواسہٕ پھیرِتھ یُن اَنْد
(29/جنوری 1990، گوری ترٛے۔
ژندروار۔ پریم آشرم، صوف شالی)



# اُٹھِم بوگ

# اُتر رامائن / پتِم ہَن رامہٕ کتھایہٕ ہنٛز

## وِۄتھ پۄتھ وبستار:

# اُٹھم بوگ

# اُتر رامائن رچِتم ہن رامہٕ کتھایہٕ ہنز

## سیتا ونواس

دوہا سپدیو، ڈوباہ اکھ اوس بۄزِو
تیٚنز اکھ وارتا، ہیٚتھ دھیان روٗزِو
تمِس اٚس ترٛے گُرٛ راتس کوٚتامتھ
یُتھے پھوٚل گاش، وأتتھ پیٚیہ سو تامتھ
سبٹھاہ کرٛوٗدھی اما گو ڈوب تہٕ ۄونس
مے وَن اٚسکھ ژٕ کتہِ دوٗر رأتی راتس
چھُسا بو رام کرٕ سیتا سویکار
سو سیتا اٚس یوسہٕ ترٛاوِتھ پٔن دار
سو روٗزٕے رامہٕ ژٕندرس دوٗر کتہِ تام
سو اٚس لنکایہٕ منز کتہِ دوٗر لس رام

تِتھے پأٹھِن سبٹھاہ اَپواد پھائلیو و
سبٹھاہ شنکایہِ لگہِ اَپواد تیٔلیو و
یہِ بوٗزِتھ رام گو کوٗتاہ پریشان
یپأری کِنِ راژِسی بنِیہِ پأری بلِدان
کرِنی تس پالنا راژس اندر اُس
تھوٗنی مُری یاد سیٖتی تس زبر اُس
اَما کِتھٕ پأٹھی ہیٚکہِ ہے یوٗت ژأرِتھ
أچھن تل کتہِ سُہ ہیٚکہِ ہے دھرم گأرِتھ
یمو شنکایہِ وِ ے اَپہِ وادِوے ستی
دھرم گژھِ لوٗپہِ سپے نیرن کوٗڈر کتی
سبٹھاہ شوٗکس اندر گو گو وچاران
وتھا اتھ راژِ دھرمچ روٗد ژھاران
کوٚرُن نیٚشچے منیٚہ سیتا واتہِ تیاگنی
یوٚتے تامتھ مےٚ سیتا اُس بھاگنی
اوٚنُن لکھمن ژوٚنُن تس باو پنٕہ نیٔ
زِ سورُے شوٗک تےٚ دوکھ ترٛاو پنٕہ نیٔ

ژٕ نن سیتا تہٕ تراوُن گژھ وَنس منز
سکھر کر ووتھ ژٕ کر ووٗنی نیرنک سنز
یتھٕے سیتایہٕ بوٗز شری رام سُند واکھ
أچھو لُج دارتس وأنجہٕ وٕژٕھس شراکھ

پرن پادن سو پیٚیہٕ شری رامہٕ سے تام
سویکار أکنیا کٔری تھٕے زپان رام
رتھس پٹھ کھأر سیتا لکھمنن بوز
پتو اوٕ کیاہ سپد بوز دھیان ہیتھ روز

وَنن منز دوٗر ترأوِتھ آس لکھمن
گُنی ژٔنی أس سیتا لتہٕ نہٕ کاشہہ زَن
ژوپأری گیہٕ وٕنی دِوان تےَ خوٗن ہاران
گُوژھس گنہٕ جاے چھپنَس وژلیہٕ ژھاران



# والمیک آشرم کتھا

سبٹھاہ دوٗر والمیکی آشرم اوس
اوٗتےٚ وأتِتھ سو پیٚیہِ دأرا ہنا گوس
مہرشی والمیکی اوس زانان
چھُ کیاہ سیتایہِ لیکھان پانہٕ بھگوان
رٔٹِن سیتا رٔٹن لتہِ کوٗر زأنِتھ
رٔچھِن اتہِ زن پٔژن شش کوٗر مأنِتھ
تِمس گربھس اندر سنتان اوسے
تِمس اَتھِ رامہٕ ژندرُن پژان اوسے
گٔرِھتھ کینٛہہ کال تس سنتان زاییے
زِ بالک لو تہٕ کوش زمس یہِ آییے
مہرشی گیانہٕ وانا، رازدانا
ترٛکال درشی یہِ رٮ۪وٗش بوٚڈ دھرمہٕ وانا
رٔچھِن بالک تِمن ویدیا دِژِن جان
بڈان گےٚ لو تہٕ کوش یِم رازٕ سنتان

مہرشی گور تمن دون بالکن اوس
سبٹھاہ دون بالکن ہُنٛد راگ کیاہ گوس
لکھمن دون بالکن ہٕنٛدی کیاہ پھٕٹِتھ دڑاے
دوہن منٛز لو تہٕ کوش زن وٕتھِتھ آے
دھنُر ویدیا یمن دِژ مہرشی یَن
یودھی بل تےٚ شرِیریک بل تہٕ ہَن ہَن
سوندر وأنی یمن دِژ پانہٕ ریٚشی جان
پہٕنٛز وأنی کران وَش پُشی تہٕ اِنسان
یمن وُچھی وُچھی ریٚشِس اوس ہرش سپدان
کتھا اوس رامہٕ سٕنٛز وبستارٕ لیکھان
دوہَس لیکھان یہٕ کیٚژھا، بوزٕ ناوان
تہٕ اُس سیتا تہٕ بوزان یاد تھاوان
مہرشی بالکن دون اوس وکھنان
اکی لٹہٕ بوٗزی تھےٚ کنٹھست کران جان
پہاٚے کتھ رامہٕ سٕنٛز پٕنٛز رامہٕ ژٕنٛدرٕنی
پہاٚے ازتام زگتس پرٕنی گٕژھرٕنی

یِہاَے کتھ لو تہٕ کوش اَسی بوزِ ناوان
سبٹھاہ سوٗندر تِہُنز واَنی زبر جان
یِہوے بوزان گرٛھان سُے روٗزی تھےٚ اوس
سُہ واتان پرمہٕ دھامس بۄزی تھےٚ اوس
سبٹھاہ سمیا تِتھےٚ پاَٹھی آو نیران
وَنَن منز لو تہٕ کوش اتہٕ اَسی پھیران
کران اتہٕ اَس سیتا رامہٕ رامے
مَنَس منز دھیان تمُی سُند صُبح شامے
کران سیوٚا سو والمیکی ریٚشِس آس
رچھان زِیوس بران لولاہ پۄشِس اَس
کران سیوٚا سو سارِن اتہٕ تھیٚن جان
کران بَس نمرتایہٕ ستکار تےٚ مان
تِتھےٚ پاَٹھی دِن گنذران ژھۄنن نہٕ ساتھا
زبان شری رام منہٕ کنٛز اَس سیتا



# اشومیدھ جگ

سہَ ووت رامہٕ نٕے اشومیدھ جگ کوٚر
یتھٕے ایہہ لۄک پرِلۄک راژٕ نے سور
گُرا بلِوان اکھ شرٛنگار شیرٕتھ
سبٹھاہ سوٚندر وِ لکھمن پاٚٹھی پیرٕتھ
پہوے ترٛووٗکھ تہٕ دژاو گُر پھیوٗر دِیشو
یپاٚری دوران دوان وُچھ راژٕ ریشو
اَما کاٚنسی تہٕ رازن کوٚر نہٕ جوٚرتھ
ژوپاٚری گو واو نیرٕتھ گو ژٹان وتھ
یہٕ بوٗزِتھ، رامہٕ ژٕندرن گُر چھُ دژامُت
اشومیدھ گُر رٹِس کُس، کُس چھُ زامُت
کُلس ژٕنہٕ رِکھ سہٕ کُس کرِ، کُس چھُ بلوان
رٕٹِتھ کُس راژٕ ہیکہٕ گُر واو باسان
تِتھے پاٚٹھی ووت گُر دِیشن وِشاین
پتو لاکن سہٕ ووت یِتہٕ رنوٗش یہٕ ست زن

یُتھے ووت آشرم نِش گُر یِہ ٹھہریوو
أمس گیہِ رٹنہِ لو کوش بڑوٹھ اکھ پوو
یمو زٗوٹ گُر تہِ یکبار دژلیہِ سیتا
وُچھِتھ گُر بالکن نِش آیہِ سیتا
سیٹھاہ ہرشس تہِ شۆکس گیہِ سو یکبار
یمن ونہِ نَس تمِس نۓ اوس کینٛہہ وار
وُچھن شری رامہِ سُنٛد گُر رُت کوٗرُن دھیان
گرِتھ تھف تس وُچھِن پنہِ نی زِ سنتان
وبڈاران گیہِ أندرۍ اِبھرام پانے
پتُن گر ننہِ پیکھ شری رام پانے
وُچھان سورٕے مہرشی پانہِ یِی اوس
یہِ زانان اوس، سپدان پۆرِ تی اوس
سیٹھاہ ہرشس گوٚھان اوس راگ وو پدان
وُچھان اوس لو تہِ کوش لتہِ کیاہ چھُ سپدان
یپأرۍ سۆز رامہِ ژُندرن ءکھ سینا
شتر گون دژاو ہیتھ ءتی راز وارا

وُچھُکھ یام بالکو گُر کیاہ چھُ روٗٹمُت
اما گُری کوٚت مٔژِل آسہِ ژھوٚٹمُت
وُچھِتھ بالک یمو اَسُنا سبٹھاہ کوٚر
پتُن من ہرشہِ ءتھن کیاہ یمو یوٚر
دوٚپکھ کیاہ یوٚدھ کرُن چھا بالکن ءتی
اَما اِدِ کیازِ آءتی یور أسی ءتی
چھےٚ کیاہ کتھ گُر نموٗن أسی ءتی آنس
یمن دوٗن بالکن رأچھ کیاہ چھِ پانس
تِتھےٚ وُچھ بالکو سینا ژوداپأری
تمو ۆون آیہِ اَسہِ یوٚدھ کرنہِ چی وأری
پتو لاکن پہِ آرمبھ یوٚدھ اتین گو
دھنُر ویدیا وُچھِتھ شتھرے پتھر پیٚو
سبٹھاہ گٔے ویر یودھا پران ترٛأوِتھ
یمو تھٔوی بالکو کم پتھَر پأوِتھ
سبٹھاہ لوٚگ گھور یوٚدھ اندھکار ووپدیوو
ژوپأری بالک نژان ہے کار سپدیوو

شۆتر گون گو پرازِتھ شۆک سپدیُوس
ہنُومان پێیہِ تِمِس سوگریو ژھنہِ گوس
ہنُومان اوس کۆرمُت بالکو بند
تِمِس ستۍ اوس سوگریو پانہِ پابند
وُچھِتھ سأری سبٹھاہ آشچر کران آسۍ
یِمن دون بالکن لولاہ بران آسۍ
یِتھے موکلیو یۆدھ سیتا اوتن آے
یِمن دون بالکن کیٛژھا بران ماے
ژونٛکھ سیتایہِ ترٲوِتھ پانہِ یلہِ یِم
ہنُومان بکھتی سوگریو یِم پنٛنی چھِم
گوٚژھِو ترٲویٛن یلہِ گر رازِ پۆتھرو
چھُ توہہِ بے کار آہی میأنی بڈ چھو



# لوٚتہٕ کوش راژِ دارس منٛز

اشومیدھ جگ ایودھیا یہِ اوس جأری
نمنترن سارِنۍ اتہِ راژِ سأری
مہرشی والمیکی تأنی اوت آو
سبٹھاہ اتہِ رامہٕ ژٲندرن ہوٚنس بھاو
مہا ریٖشی لو تہٕ کوش أنی ستی پأنس
تہٕ پأنس ستی ژأنِن راژِ تھأنس
یُتھے یم راژِ دربارس اندٕ ژاے
تہٕ دوٚشوے بال رامایِن گوٚوان آے
سوٚندر وأنی لٔگو بۆز آیہِ دوران
ژٕسِتھ آے نگٔر وأسی، آیہِ لاران
یُتھے بۆزِکھ کتھا دوٚکھٕ لد ژھٹک باکھ
وَنن منٛز وارتا تژِیہِ ہنٛز گیکھ چاکھ
نیٖبرِ لۆکن أشِس لٔج دار یکبار
دیان أسی کۆت نبردے گو یہِ سمسار

یتھُے بۄزی راژِ رامن پانہٕ وبداکھ
تمِس گیہِ بۄزی بۄزی ہژ دیَس أندری چاکھ
اندر بالکھ أنِکھ شری رام ووشلیوِ
وُچھِن یام لو تہٕ کوش اِندراژ تنبلیوو
پرُژھکھ رازن وُنو توہی کہنڈی سنتان
یہِ رامائن چھُ تُٔی توہہِ بوومُت جان
چھُ مہرشی والمیکی سون گورِ دیو
چھِ شبش تُٔمی ہنڈی کران آئتی تمِس سیو
تُٔمی گرٕمژ یہِ رژنا وارِ بۄزِو
کتھا شری رامہٕ ہنز وبتارِ بۄزِو
چھِ رامن ترٕے پُنز یوسہٕ تیاگ گرٕمژ
تمِس ریٚشی کورِ گرژز چھِن مائے بُرٕمژ
چھِ سنتان أسی تمِس سیتاہِ ہنڈی بوز
انِیاے کوٚرمُت چھُ رازن ساودان روز
یتھُے بۄز وارتا رامن سئِنتھ گوس
تمِس اۆش ۋوتھ دشا أندرم کھٔتن اوس

کتھا بۆز راژِنے ویشواس سپدیٚوس
مَنس منٛز راگ تے ابلاش ووپدیٚوس
یہِ زونٛن پوٚرِ پاٚٹھن لَو تہٕ کوش جان
چھِ پزٕ پاٚٹھی یم زٕ بالک میٲنۍ سنتان
یِہنٛتھ نشہِ رامہٕ ژٕندرس والمیک اوس
تمِس کُن پھیوٗر شری رام یِی ونان گوس



## سیتاہِ انان یگنس پیٹھ

چھِ یوٚدوَے میٲنۍ سیتا پاپہٕ رُس تژٕے
اَنٛیوٗن یوٚرِ توٚہۍ سویکار اِد کرن بےٚ
چھِ یوٚد نِشپاپ سیتا پان ہاوِن
یتھن یگنس پیٹھے پرٛمان باوِن
تتھا استو ۏنُس ریٚشی سانہٕ رازا
پگاہ یِوٚت سرِیہِ کھسنے واتہِ سیتا

رێشی تپسی مُنی سأری پگاہ آے
نگر وأسی ژٔسِتھ پنہٕ نبہٕ گرِو دژاے
تہٕ دیشو ییٚہٕ وِشایو راز سأری
ییَے وأتی راز دربارس ژەپأری
سبٹھاہ اِبلاش اوسکھ میلہٕ درشُن
کرو سپتایہٕ سأری پوشہٕ ؤرشُن
پژزا سأرے مُنی شر یٚیہٕ تپشر
وُچھان پژاران سو سیتا واتہٕ یوٚت کر
سو اکہٕ پأرک آیہٕ سیتا وارٕ وارے
پکان پتہٕ پتہٕ مہرشی لیس دُبارے
سو سیتا أس نرمل أس کومل
وودأسی سیتا وُچھان بون گُن سو نرمل



# سیتاپہِ ہُنٛد دٕرِتھی منٛگنہٕ جاے

یُتھے وأژ یکنہِ منٛڈپس نِش سو رأنی
گٔنڈِتھ گُلی آیہِ بڑوٚنہہ کُن زَن ازأنی
دِژن کرٕکھ میانہِ دٕرتھی مأج بوزُم
چھِسےَ نیٚشپاپ سأکھی پانہٕ روزُم
یہٕ یوٚد نِرمل تہٕ نیٚشپاپ چھِس رٕچھِم لاج
رٔٹِم مأجی میہ کھونہِ منٛز سٕے میہ یوٚڈ باج
یُتھے کرٕکھ گیہِ تہٕ دٕرتھی پھٔٹ گٔیِس چاکھ
بڑثرِس منٛز کیاہ سپُد پرٕکھیٚو تسُنٛد واکھ
سبٔتھاہ سوٚندر زری جالار پرِٕتھ
سنٛگھاسن دژاو لتہِ پرٕزلان شیرِتھ
أتھی اندر گُلی گٔنڈِتھ نیٚشپاپ ترٕے ژاے
أکِس کھٔسن ماترٕس سیتاپہِ رٔٹ جاے
سنٛگھاسن دژاو سیتا ہیتھ تہٕ گو کرٕم
تیتھے دٕرتھی تہِ وَٹنے آیہِ یکدم

وُچھان اَسی لۆکھ، سیتا کۆت اَما گٔے
یپأری اوس پوشہٕ ورشُن تےَ یپأری جے
سبٹھاہ کرٕکہٕ ناد ۆوتھ ہےٚ ۆوتھ ژووأپأری
أشِس لُج دار سارٕبن زَن رٔہتھ سأری
ریٚشو، مُنٛزیَو کۆرُس جے کار سپتے
ژٕےٚ جے جے کار بارم بار سپتے
دوان گٔے لو تہٕ کوش سیتایہٕ ژھانڈان
دپان کۆت گٔے اَما مأج آیہٕ لاران
وُچھِتھ شری رام أندری گو وبژاران
بھرت، لکھمن، شترگون اوس حأران
پتی وژتا سو سیتا دژلیہٕ نیٚشپاپ
أندری شری رامہٕ ژٔندرس رۆد سنتاپ
یہٕ گو پتھ کُن تہٕ گو، اکھ کرٕم پکان رۆد
سبٹھاہ سمیَس یہٕ رام راجُت کران رۆد
پرٕزا سوکھ سان تہٕ شری رام راژٕ ست زن
یہٕ رامُن راج ازتام نۆن چھُ ہَن ہَن

# مہاپرستھان

دوہا سپدیو تہٕ رازس ۆوتھ وہٕژارا
چھُ وۄنی نیرُن تہٕ گرٕھنَس کیٚنْہہ نہٕ چارا
أنن منتری تِمن ابھپراے بوُن
لوُس تےٚ کوشس ادھِکار سوپُن
یِہ بۄزِتھ نگر وأسی آیہِ لاران
ژٹان وَچھ تِم أچھو کِنی خۄن ہاران
مہا پرٕستھان شری رام دژاو کرٕنے
نگر وأسی تِمس جے کار کرنے
گٔنڈِتھ گُلی سارِوے ۄنی ہَس گُنی کتھ
یپأرک نیرِو تہٕ سأری سوے رٹو وتھ
نِیو اَسہِ پانہٕ سےٚ ستی سانہِ بھگوَن
گرِو اَسہِ مۄکھی پانے پانہٕ ست زن
ڈوپم دوہ اوس ندِ پیٹھ دژایہِ سأری
پیٚتےَ شری رام سےٚ ستی آیہِ سأری

کوٚ رُکھ سٔریٖ یو ندی پٔٹھ شرٛان دھیانا
کوٚ رُکھ منتھر ووژارن، رُت سمانا
تَتھے آکاشہٕ وٕتھی دِوتا وبمان ہتھ
کھٔسِتھ گٔے سأری آکاشس یمن کیتھ
تیتھُے سپدیوٚ آکاشہِ پوشہٕ ورٛشُن
یِہوے اوس وَے کوٗنٹھس شری رامہٕ درٛشُن



## میٖأنۍ توتا

یوگن ہندۍ یوگ گاٗمتۍ شری رام اوتار
پرٛنام سوٗنۍ تٔمِس بارمبار جے کار
سُہ مرٛیادا چھُ پورشوتم شری رام
سُہ یٔزۍ پأٹھۍ کلہِ یوگس منز پرم دھام
سُہ رکھیا کار پالن ہار سوٗنۍ
بہٕ پریمی لَس شرن بھوٕ تار سوٗنۍ

تمِٔس سوٗرے پٹُن پُتھر ووٗمُت چھُم
تمِٔس پادن پٹُن پان ترٛووُمت چھُم
تمِٔس پوٗر کامنا میأنی کرٕنی چھےٚ
کتھا لیکھِتھ تسٕنز پریمی کران جے



## سماپتی

چھُ از کلہِ یوگ ژوٚپأری اندھکار
أتھی اندر پریمیُن دھرمُک یہِ ویوہار
رٚوٹُن شری رامہٕ سُنٛد اکھ ناو ہرٛ دیش
تھوٚوُن تمُے سُنٛد ستُک اکھ بھاو ہرٛ دیٚش
سبٛھاہ سُے دوٚکھ تہٕ سنکٹ یوٚد تُلان آو
لگُو یوٚر لول تس پننہٕ شیو کوٚرُس ناو
پکان گو بزٛونٛتھ گُن دیہِ ناو ہیتھ اوس
أما پزٕی پأٹھی تس شری رام توٗٹھیوس

کران استوتھ دیَس پدِ پدِ یہِ پریمیِ
لبان انوگرژہ تسُند وتہِ یہِ پریمیِ
چھُ سموتاِ ستہِ ریشن ہُند کاشیرس
چھُ پأنژن ساسہِ نیِ شنیِہ تأج سمیرس
چھُ رتھ پوہ دوے چھِ تنتھ گٹہِ پچھ رتس تھو
تہِ سمپوٗرن یہِ رامایَن زبر گو
ووما چھم ٹأٹھ لتس از ماجہِ ہُند شرٛادھ
سو چھم ترِے ستی ستیِ دَے گالہِ اپرادھ
کران شری رامہِ یِہے دوشوے چھِ زأری
ژٕ کاس اسہِ ویادھ تَے اپرادھ سأری
ژٕ کر رکھیا ژٕ رکھیا کار سوئے
تھوٗن سوکھ سان رچھن پرِوار سوئے
چھُ پریمیِ گٔو گنٛڈِتھ سنتن تہِ سادَن
شرٛدھا وانن تہِ بھکتن لولہِ پادن
کرپا تِہنٛزے، دیا تِہنٛزے چھُ بوٚڈ راش
چھِ ہیتھ زنگتس اندر تِہنٛزے سیچ آش

بھرت دیشس دوہے پوٚز گاش أسِن
ستی سر کاشمیر پراگاش أسِن
رٔنگا رنگ اَنگ یِمَے پرٔزلان روٗزِن
پرِچ شیٚچھ زگتہٕ ہیٚے باوان روٗزِن
یِہأے أہی یہِ أشیرواد میٲنۍ
گرِن شری رام اتھ روٹ پانہٕ سوٗنۍ
تِمٔس ژرنَن یہِ جے جے کار أسِن
تِمٔس پرٔنام یہِ بارمبار أسِن



یتھہٕ پأٹھۍ ووت سروانند پریمی سُند وٚنمُت کأشرِ
رامایَنُک اُتر کانڈ رامایَن یانے رامہٕ کتھایہِ
ہنٛز پژتم ہَن انڈ۔

(30 جنوری 1990ء۔ شہید دِوس۔ بوٚموار۔
"پریم آشرم" صوف شالی، سرینگر)



---

ا۔ یوٗہ گٹہٕ پچھ دوے سموت سپت ریشی 6405۔



**02.11.1924 – 01.05.1990**

SHRI SARWANAND KAUL PREMI was a recognized Freedom-Fighter and a reputed philanthropist. He was an ardent Gandhian, an eminent scholar and a dedicated social worker. He was well known for his literary and cultural-work for promotion of communal amity, harmony and brother-hood in Kashmir. He was a well known poet, journalist and reputed author. He authored more than 24 books and has left many manuscripts behind him. Translations of Srimad Bhagwat Gita, Ramayan, Tagore's world famous Gitanjali and Russian folk tales are to his credit. He was a Patriot, humanist and a teacher. He was a hard-core secularist and worked ceaselessly for national-integration. He was one of those very few selfless personalities who never wanted to come to the lime-light in his life-time. His views on the J&K state's accession with India and State's in-dissoluble ties with the rest of the country was a cause of anger among the subversive elements. He had also kept a copy of holy "Quran" reverentially in his Puja room.

The J&K Govt., has in 1997 awarded this famous litterateur and Freedom fighter (posthumously) with a gold medal for his contributions in the field of social, cultural and communal amity.

In recognition of the excellent services rendered by him in different walks of life, he has been also conferred with Shree-Bhat-Puraskar-2000 and Sharda Puraskar 2006.

Sahitya Akademi New Delhi has also published and released a monograph in Kashmiri, titled "Hindustain Adabkey Meymaar" on the contribution of this noted Poet & Scholars in 2008.

## List of Published & Un-Published Works of Amar-Shaheed Sarwanand Kaul Premi

**PUBLISHED BOOKS**

| | | |
|---|---|---|
| 1. | Kalami Premi | Kashmiri |
| 2. | Payami Premi | -do- |
| 3. | Rood Jeri | -do- |
| 4. | Osh ta Vush | -do- |
| 5. | Gitanjali (Translations) | -do- |
| 6. | Russi Padshah Katha | -do- |
| 7. | Panctchadar (poetic collections) | -do- |
| 8. | Bakhti Koosum | -do- |
| 9. | Akhri Mulaqat | -do- |
| 10. | Mathur Devi | -do- |
| 11. | Ramayana | -do- |
| 12. | Mirza Kak (life & works) | Urdu |
| 13. | Mirza Kak Ji Walkhs | -do- |
| 14. | Kashmiri ki beeti | -do- |
| 15. | Bagwat Gita (Translations) | -do- |
| 16. | Taj | -do- |
| 17. | Rupa Bawani | -do- |
| 18. | Roopa Bawani | Hindi |

**UN-PUBLISHED**

| | | |
|---|---|---|
| 1. | Bagwat Gita ji (Translations) | Kashmiri |
| 2. | Kehn Dharmik Kathyen | -do- |
| 3. | Bhakhti Qusam | -do- |
| 4. | Walkh hia premi | -do- |
| 5. | Pushkin Sanza nazma | -do- |
| 6. | Araadhana | -do- |
| 7. | Aalath | -do- |
| 8. | Laleshwari | -do- |
| 9. | Madushala | -do- |
| 10. | Suruhas kun | -do- |
| 11. | My Holy Father | English |
| 12. | Tears of love & joy | -do- |
| 13. | Spiritual Doses | -do- |
| 14. | Uterances of Premi | -do- |
| 15. | Hamara Mahjoor | Urdu |
| 16. | Parmarth Shatak | Hindi |